# ☆ بَدٕم چآۓ کی ☆

!!!

## کأشُر

(افسانہ سُومبرٕن)

سٕ

☆ ظاہر بانہالِ ☆



اَکس دانا سُند قول چھُ زِ اگر کانٛسہ زبان مۆلہِ یِیہٕ کڈنہٕ تیلہ کیاہ رُوزِ تسنٛز پزٕنتھ۔ زبان چھےٚ سانٛزِ تشخص برقرار تھاوان۔ ییٚتہٕ اَمہِ نٔتہٕ چھِ اَسۍ پننٛزِ پزٕنتھ برقرار تھاوِتھ ہیکن۔ اَسۍ چھِ ژۆکہِ کأشرۍ تہٕ کأشرِ زبانِ سگ کرُن چھُ سون فرض۔ اَمہِ برعکس چھ اَسۍ پنٕنین شُرین سٟتۍ ہنگہٕ منگہٕ اُڑ پأرم ہیوان گرُن۔ یتھ نہ کانٛہہ ہوٹ تہٕ نہٕ لوٹ آسن چھےٚ۔ اَکس ہیڈ ماسٹر بھایہٕ ژھ زمیہٕ سٟتھ ہیوہ کأشُر کران "چھوٹو آپ یو ہنا کریں"۔ اتھ برعکس اگر اَسۍ سیوٚدٕ تہٕ ساد پننٛزِ کأشر زبان ورتاوو تہٕ پنٕنین شُرین تہٕ اچھ اہمیتھ دِمو کوتاہ جان روزِ ہے۔ مگر فأشن چھ نہٕ اَسہ یہ کأم کرنس اجازتھ دِوان۔ مألِس گوڈیڈی، ماجہِ بجیو دِسٹر جی، بھأیس بجیو دِیہ ورجی، وغأرہ۔ یتھ دوہہ کھۆتہٕ دُوہہ پوچھر چھُ لگن۔ کأشرِ زبانِ یہٕ دوٚنٛی سکولن منٛز تہٕ برائے نام پرٕناونہ چھےٚ یوان تتہٕ چھےٚ نہ سانٛزِ ووستادتہٕ پورِ پأٹھی کأشُر ہیکن نہ لیکھتھ تہٕ نہٕ پرٕتھ۔ اوٚکنی چھُ سانٛزِ یہ کوشش تہٕ وارِیاہ حدس تام ناکام زِ اَسۍ لیکھو کأشرِ کِتاب تہٕ پتہٕ نٕین اتھ عام لۆکھ یا سانٛزِ انگریزی دان پرٕتی۔ ضرورتھ چھُ اَمہِ کتھِ ہنٛز زِ اَسۍ کروٚیمن کتھن پٮ٘ٹھ نظرٕ تہٕ اتھ پٮ٘ٹھ سونچو سنجیدگی سٟتۍ۔

بانہال تحصیل چھُ جۆمۍ صوبک اَکھ اہم پڑاو ییتہٕ چھ کأشرِ زبان قدیم زمانہ پٮ٘ٹھ ورتاوس روزمٕژ۔ یتہٕ زمانس سٟتۍ سٟتۍ چھُ ییتہٕ گونماتھ تہٕ قلم کار وِپنہ قلمہٕ زورِ سٟتۍ اکھ شیتھ قأیم کرِتھ بانہالہ ہُند ناو روشن کورمُت۔ یِم قلم کار چھِ آفتابکی پأٹھی

درخشندہ تہٕ تابان۔ یمو منزٕ چھ مرغوب بانہالی صأب، عبدالرحیم اعمٰی، طاؤس بانہالی، احمد اللہ بانہالی ہیوٚک بہلہ پایکٕ شخصیژ ناوہٕ نیٚنس لایق چھ۔ اَمہِ علاوہ جناب منشور بانہالی صأب، رند شمس بانہالی صأب، دلفگار صأب، حسن بانہالی ہیوٚو بہلہ پایکی ادیب تہٕ قلم کار تہٕ چھ بانہالہِ منزٕ اَدبس پوچھرونس منز پیش پیش۔

بہٕ ظاہر بانہالی چھس واریاہ کالہٕ پیٹھہ اَدبس سیتۍ ژَٹن کران تہٕ میانہٕ چھےٚ وینکتام زٕ کتابہ بارس آمژٕ۔ گژھ منز پٔتھ براتھ ۱۹۹۸ تہٕ صوفی شاعری تہٕ رند شمس ۲۰۰۳ء منز چھاپ گژھ۔ یمن ادبی حلقن منز واریاہ پذیرأیی سپز۔

اَمی سلسلچ اکھ رٔنجھ میأنی یہ افسانن ہنز سومبرن "برم چأ کہ" یتھ منز مے پنہٕ نس تحت الشعورس منز خیالاتن ہنز باوتھ کرنچ کوشش چھ کرٕ مژٕ۔

بہٕ چھس جناب شفیع شوق صأبُن سیٹھاہ شُکر گذار یموو مے یہ افسانہ سومبرن بارس انہٕ نس منز ووتش دِژ۔

جناب مرغوب بانہالی صأب چھ ہمیشہ مے نٔو لیکھنس کُن آماد کران روزان۔ یمیک پیٚٹھ دراؤ زِ بہٕ ہیوٚکس یہ افسانہ سومبرن بارس انتھ۔ جناب مرغوب صأب چھ میأنی وستاد تہٕ روٗدی مژٕ

یتھ سومبرنی منز آکو افسانہ چھ وقتن فوقتن آلو، اَنجمن، آبشار تہٕ باقی رسالن منز شایع سپدی متۍ۔ یتھ افسانہ سومبرنی منز چھےٚ اکھ افسانہ یتھ "برم چأ کہ" ناو چھےٚ تہٕ یہ افسانہ سومبرن چھس بہٕ یمنی برمچا کین ہندِ ناوہٕ منسوب کران ییمہ مختلف اندازو

سائنس لیٹس بنٹس سیتۍ وابستہ تہٕ موجود چھ تہٕ تاقیامت تلن تہٕ اسہٕ تھپ۔
تو ہیہ اگر کانہہ ژت مشوٕرٕ آسہٕ مےٚ گوژھ خوشی تھٕ پیٹھ عمل کرنس۔
جناب رند شمس بانہالی صاب چھ سانہ ادبی کاروانکی اکھ بزرگ شاعر یمن
ہند دُعاے خیر مےٚ ہمیشہٕ آیہ تن چھ روزان تہٕ آینہٕ تہٕ روزِ انشا
اللہ مےٚ چھہٕ ہمیشہ حوصلہٕ افزائی کران ۔ یمیکُ شکر یہ ہیکہٕ نہ زاہ تہٕ پہٕ
ادا کرِتھ۔

بہٕ چھس جناب منشور بانہالی صابُن شکرگزار یموو مےٚ یتھ
بارسس اندنس منز حوصلہٕ افزائی کرِ تہ پننو بہترین الفاظو ستۍ ژت
انہار مُیسر کوٚر۔

ظاہر بانہالی

سرور پریس بانہال ۱۸۲۱۴۶

# اَفسانہٕ تہٕ ظاہر

منشور بانہالی

زِندگی ہُند پرتھ ژیوٗہ چھُ اَکھ افسانہ۔ شرط چھِ مُشاہدک تہٕ دیدٕ آگہی ہُند پٔتر حاصل آسُن۔ اَفسانس چھُ زندگی سٟتۍ اَکھ نزدیک رِشتہٕ۔ یہ چھُ سماجہٕ انفرادی کیو اِجتماعی زندگی ہُند ورتاوک دۄہ ہارک نفسیاتی ژیتھ ترایتھ تہٕ توٗرن ہُند اکھ عکساو۔ اَفسانہٕ نِگار چھُ پننہٕ سماجُک اَکھ ترجمان آسان۔ سُہ چھُ اَکھ صورت حال وُچھان تہٕ پننہٕ زبٲنۍ ہُندی جوہرتہٕ وَل ورتاوتھ اَمۍ باوتھ کران تہٕ پٔتمن پرن والین پیٹھ منظر دیدٕ بان انتھ تس تہٕ تِمن ہم مُشاہدٕ بناوان۔ غرض اَفسانہٕ چھ موٗختصر نثری صنف چھِ دۄیمہ ادبی صنفو مقابلہ سیٹھاہ نزدیک رُوزتھ زندگی ہندِ ہِن زاوجارن نزول وِتھ اَمۍ رنگارنگی پیش کران تہٕ اَتھ اَکھ باوژ مل عطا کران۔ کٲشر اَفسانہ آو اُردو اَفسانہ پتہٕ واریاہ کالہٕ بارس۔ اَمۍ وٲتس چھُ مسا پنژاہ یا پانژ ونزاہ وُرۍ یَس زنہ کُنہ اَدبی صنفہ ہند پھٲپنہ تہٕ وُدٕ پھوار یا پتھ نا کافی چھُ آسان۔ مگر یمہ رفتارٕ کٲشر اَفسانن موٗختصر وقتس منز یُمن اِرتقٲیی سفر طے کوٗر تہٕ فنی تہٕ تکنیکی اعتبار آے لوٗ سبب تہٕ دٕہ جار پرٕ دسہ چھُ تھسکن لایق۔ کٲشر افسانک دسلابہ سُپدٕ سوم ناتھ زُتشی سندِ "یلہ کاش پھوٗل" تہٕ نادم سندِ "جوابی کارڈ" ناوِ افسانہ سٟتۍ۔ اختر محی الدین چھُ کٲشرِ افسانچ سُو معتبر آواز یمۍ کٲشر افسانہ عالمی اَفسانکس معیارس نکھہٕ واتنوو۔ اَمہ سٟتۍ چھُ اُمیش کول

صوفی غلام محمد ہردے کوٗل بھارتی، امین کامل تہٕ تاج بیگم رینزوس پتہٕ بنسی نردوش اوتار کرشن رہبر شنکر رینہ، رتن لعل شانت، بشیر اختر، گلشن مجید، فاروق مسعودی شمس الدین شمیم، جی۔ ایم آزاد تہٕ محفوظ جانس تام بے شمار ناو یمو کاشرِس افسانس اکھ باگہٕ، برت تہٕ تھوٚو مُقام بخش۔

پنٕس اِرتقائی سفرس دوران گر کاشر افسانن تہٕ مختلف پڑاو ووٚت۔ یہِ ووٚتھ اوسطور کہٕ تجربہٕ پیٹھ ہٕمدتہٕ روٗد لگرو آگی بُند جہات دِتھم اوان۔ روایتی افسانن منز روز موضوعاتی بالادستی حاوی۔ اَمہ پتہٕ آو ترقی پسند افسانہٕ یارسنس یمیک اکھ خاص بُند عائلتی یاتی تہٕ مقصدی ترسیلیت اُسی۔

جدید تمن کو ریہ نظریہ بدستہٕ دِتن علامت نگاری تہٕ تخلیقی بازیابی ووٚتش۔ اَمہ پتہٕ یُس تجربہ پسندی حنز نیچے تتھ منز لوگ علامتی، تجریدی تہٕ تاثراتی افسانن چلے چلوٚ۔ انسانہ سندِ ذہنی تہٕ نفسانی پیچیدگی آے دوٚوتلاوِنہٕ تہٕ بیانیہ آو علامژن تہٕ استعارن منز ژھراونہٕ یمہِ افسانہٕ کِس تخلیقی وجودس منز اکھ نیہ پاد کرِ۔ البتہ سُہٕ کینون جایَن اتھ منز دلیلہٕ ہندِس عنصرس منز کمی پاد یُس زنہٕ افسانک خاص وصف تہٕ فنی سنگ چھُ ناد یوان سیٚد چھُ اکھ تو ظرا فسانہ صورت حالہ کہ حوالہٕ۔

بالہ یپارِکہ زوٗ صوبس منز یمہِ کاشرِس افسانس منز واریاہ گُم برژر۔ صرف چھِ کژتام نادر وتِہ گنن یوان۔ ظاہر بانہالی تہٕ چھِ یمہ صوبہٕ کِنہِ وتھوٚمن افسانہٕ لیکھن والین منز یُس ہمعس کام بیٚتھ تتھ صفہٕ منز یتھ کاوشہ چھِ کران۔ زیر نظر

"بُرِم چأے کر" تأوِ افسانہ سومبرن چھِ یمن منز لیتھ آیی کاوِش ییتھ منز قریباً نو افسانہ شامل چھِ۔ یمن منز کینہہ افسانہ رِسالن منز تہٕ چھپے متی چھِ۔ ظاہر بانہالی صاب چھِ کأشر افسانہ رکس روایتس گوڈ برتھ بے تکلفی ستی پٔتھن سماجی اُوند پٔکھ ووٚ۔ نیراوان۔ سماجی وکانن سام ہیوان تہٕ قدرن منز نا ہمواری تہٕ پامالی ہُند باس دِوان۔ تِس چھُ اَز کو ترقی یافتہ دورس منز تہٕ پٔکِس سماجس منز ناخواندگی، توہم پرستی تہٕ ناداری لوکن نال وٕلِتھ باسان "قسمت" تہٕ "تصرف" اَفسانن منز چھِ یہ صورتِ حال وُہ تہٕ اوچ کوشش کرنہٕ آمٕژ یتھے پأٹھی چھِ "دِسلابہ" اَفسانن منز تہٕ سماجس منز بایِزتھ پٔتِھس ستی تولُق تھاون والین ذِمہ وارن ہندِس وَنکہِ پایہ تہٕ خود غرضانہ وطیرس پیٹھ تہٕ اکھ طنز۔ "ڈاکٹر صابس گورا ہون ووٚد مشتھے۔۔۔۔۔ زیرِ لب تبسم کرتھ ہیو فرمودن۔۔۔۔۔ نے وٕ چھِ نہٕ وۄنیہ کانہہ "بیار"۔۔۔۔ ہُندے چھُ دِسلابہ تہٕ اتھی ستی تراوُن پانژاہن روپین ہُند نوٹ چندس۔ ظأہر بانہالی لیس چھُ پٔکِس سماجس منز قدمس قدمس پیٹھ بُرم چأے کر دَریٹھ گوٚھان یمہ سماجکین سیدٕ دتہٕ سادٕ لوکن مٔہرٕ ان چھِ تہٕ تکلیف چھِ واتناوان "یہ چھُس سونچان یمہ بُرم چأے کر چھا دۄنیہ تہٕ زندے۔۔۔ شاید سرٕن نہٕ زانہہ۔۔ یُدٕ بب اوس وتان۔۔۔۔ یِم چھُنہٕ زانہہ تہٕ مران۔" یتھے پأٹھی چھِ باقی دُویِم اَفسانہ تہِ اکھ خاص مقصد تہٕ اظہار بٔتھ۔

ظاہر بانہالی زبان چھِ سادٕ ییتھ اکھ پٔتن مقامی اظہار غالب چھُ سہٕ چھُ اکھ بیانیہ

وٗرتاو پانتاوُتھ پَنَنین افسانن ہُنٛد مواد پنٕنہِ اَندٕ کۍ ماحولہ منٛز تلاش کرٕان
تسندۍ کرِدار چھِ سماجکۍ دہدۍ نفرِیکۍ دُوہہ وِشہ چہ وَسہِ دُروسہ منٛز اَسہِ ستۍ
شامِل چھِ۔

کاشرِ اَفسانن منٛز یمۍ فنی تہٕ تکنیکی زُوجار چھِ تم کاپہ اکتہٕ
خاطرٕ پیٹھ ظاہر بانہالی لیس وارٕاہ مُحنتھ کرٕنی۔ تاہم یہنٛز
یہ کوشش چھےٚ اکھ بہترین تہٕ غنیمت وَسلابہ یُس حوصلہ
افزاٸی ہنٛز مُستحق چھےٚ۔

منشورؔ بانہالی

۹ صع

# سٔلاب

راجواوس سخ بیار۔ تمہ زا لہٕ آسس کھسان تہٕ وٹھ
تہٕ اُسی تیلے تمہٕ ۔ اسی گیہٕ ساری رٲتس پریشان۔ کالہٕ پگاہ
اُسس زٕہ دوہ بیار گومُت۔ اَتھی پریشانی منز گوو رٲتی
رٲتس ڈٕنیوندٕ رتہٕ ساری گرہکہٕ روٗدٕ تارکھ گنزران،
راجِس اوس تتھ ہتھ پیٹھی تہٕ موٗج اُسس اکہٕ کوٹھہٕ منز
نیران تہٕ بےقراری سان تمِس اَڑان۔ تہٕ تندرِ منز اُسی
نتہٕ کتھی سپہٕ اوسُس آپہٕ وچھ گری گری تھوکہٕ مُت، تہٕ منزٕ
منزٕ اُسم نیندرِ ڈکسہٕ تہٕ گوھان تہٕ ہُشیار گوھتھ بیہ جَل
جَل آبہٕ ڈٕج وزناوتھ راجِس ڈکس پیٹھ تھاوان۔ رُوتلہِ
نیبر نیبر نکہٕ اُوس نہٕ سوالے۔ تہٕ کیازہ شام چھ ستہٕ بجہ پیٹھے
چھہ سانس خام شہرس کرفیو تال ولان تہٕ ہونین تہٕ ہالن

ہُند ژُلنہٕ علاوٕ چھنہٕ لیٖنہٕ تہٕ لبنہٕ نیٚوان۔ حوٗدا کران کران

آوٕ گاش تہٕ گوٗکرن دٕرٛبانگ۔ اُسی اُسی پرٛاران ژِ کر ییٚہ

ژُرٕ چھین گاش تہٕ اُسی ہیکو وڈاکٹرس نش گوٚژھتھ کوٚڑ سوٗنچ

زِڈاکٹر صاب اٚنہٕ ہوٚن گرٕ ےٚ مگر ہیٚتھ پیٚیہ نہٕ خبر ڈاکٹر

صاب کوتاہ فیٖس ہیٚنہٕ؟ آشٕز وٕژِ تہٕ ژُن اُسی ٹُکہن راجو

توٗ رٕکہٕ تہٕ گوٚ ڈاکٹر صاٲبنس ڈیرِس سہٕ چھہٕ ہسپتال کواٹرس

منٛزی رٕوزان۔

وچھِ پاُنسے ہیٚتن توٕہ پتہٕ کیاہ گوٚ۔ خوٗدا رٕچھنِ واہ کرٕ

بجن توٗت تام..........!

اُسی دراے پنہٕ گرٕ پیٚتہٕ وتہٕ تاگشی دِیوان واٲتی ہسپتال۔

ڈاکٹر صاٲبنس ڈیرِس رٕوٕنگ اُسی ٹھوک ٹھوک کران تہٕ منٹ

پنٛداہ مرٕ گۓ ژِ اکھ لٕڑکہٕ دراو اُچھ مُوران سأنس پرٛژھنس

پیٚٹھ ون کی ژِ ڈاکٹر صاب چھہٕ شونگتھ تہٕ تُمی چھہٕ وُنی ون تجہ

پرٛتھ لٕژِ ترٛاوتھ۔ توٚہیہ پیٚنہٕ پرارُن۔ مے کتہٕ ییٚہ ہے

تاب۔ زاپہٕ پارٕ کرتھ ونہٕ مُس ژِ ڈاکٹر صاٲبس وَن ژِ لٕڑکہٕ

پُنسہ تہٕ پیوان یِژ ۔۔۔۔۔؟ (یہ اُکی ژسنہٕ وِنی زِ ڈرائیورتہٕ

گوو کینہہ تہٕ کینہہ کماوُن)۔

بہ دراس بانہٕ ہُتوت ۔۔۔ مگر ڈاکٹر صاٗبن کرٕم پتہ کڑ کیہ ۔۔۔

تو ہیہ گوٗ کینہہ تام مشتھ سے زن رُوٗدنہٕ حبسی ۔۔ زِ کیاہ

گوو مُشتھ ۔ آشنی یِی پِنٕی حبس ہوش یِوٚت گوڈتھ تہٕ بہ قرار

اُسی تھاوُتھ ۔ پاٗوم یاد ڈاکٹر صاٗب چھ شاید فیس

منگان ۔۔۔ آ ۔۔۔ آ ۔۔۔ سے پیوو یاد تہٕ چندس تراوم اتھ تہٕ

لتہٕ گروم پانژاہن روپین ہُند نوٹ تہٕ پلہٕ نووم ڈاکٹر

صاٗبس کُن ۔۔ ڈاکٹر صاٗبس گوو سون تہٕ سانس راجون

دٕوٗد مشتھی ریتہ اکھ معصوم تبسم گوس ووتھن پیٹھ ظاہر تہٕ بڑ حلیمی

سان فرموٗدن ۔۔۔۔۔ سے ماکھن وُچھ وینہ کانہہ تہٕ

مریض "بیمار" صحیک وق چھ تہٕ ازِ یک چھ یہنٕدے

"دسلابہ" تہٕ اُتھی ستی تراوُن پانژاہن روپین ہُند نوٹ

چندس ۔۔۔۔۔!

اند

# ☆ فاصلہٕ ☆

ہوٗنۍ اَسی تٔہ ژٕ وٕنکان ـــ آسان اوٚسُکھ تٔھس تُھمت تہٕ

عجیب تہٕ غریب آوازٕ یاوِ کران۔ بہٕ گوٚس حیرتھ

ہُشار بتہٕ سیٹھاہ غوٗصہٕ گوٚم۔ وٗنہ اَسہٕ چھہٕ اَکھ فضول تہٕ

کُرٕ حٔرٕ وٕزٕ بکو ہوٗنیو ٹُھل کرکھ نادانا خارٕی چھا

شُرٕ پیٚوٗپ شاید چھہٕ ژوٗر؟ مے سوٗنچ کرنا جگرٕ تہٕ نبر نیرِتھ

وُچھ کیاہ وجہ سپد یوٗگر جگرٕ آم نہٕ کینہہ۔ آشنیہ وٕژھتہٕ وٗنن

شاید چھہٕ آدمی گژھتھس وُرامرٕ ......... ہُنی ٹونگہ راے

گییہ نہٕ بند ـــ بہٕ رُوٗدُس سوٗنچان زِ یِمن ہوٗنین مانچھ کانہہ

تہٕ دِسِلن ـــ نہٕ چھُکھ یِمن یہ احساس گوٚہان زِ یہ مانچھ

چھُ تُہنس خلاف تہٕ یہ مانچھ سانہِ آرام کرنک وَق ....مگر

گُس وتھکھ؟

میٚے کھوٗت سخ خشم تہٕ اَتی کوٚرم ارادٕ زِ نِگاہ کرٕ بہٕ گوڈنچ

کأم یہوے زِ تحصیل دارس ذِمہ وٕرخواس زِ ہوٚین کرٕ یو
نصیحتھ۔۔۔ اگر نہ یوزن تہٕ ترادتاو کھزہرتہٕ ستہٕ توٚن تٕحٕر
فکرِ زِ انسان کیاہ کیا نِچھ ہیکان کرتھ۔۔۔ یوٕ پتہٕ ہیکو اسی
تٕرسان تھدِ رکرتھ۔۔۔۔۔!

یِی سوٚنچان سوٚنچان چھنہ مے خبرٕ ہے زِ کرٕ آئے نندرتہٕ کرٕ
سپدٕ یو گاشک آغاز۔ صُبحائے چائے چیتھ کرٕ وُ مے گوڑنچ
کأم یہوے زِ درخواس لیکھتھ ہتہٕ دراس تحصیلس کُن یپأرٕ
کرٕ نأوس پیٚٹھ ترٕ دُون ژُوارن ہمسایَن اتھِ دستخط۔
تحصیل دارصاٚبن یلِہ میأنی بے قرأری وچھ تہٕ تٔمی لیوکھ پتھٕ
نس سینٹری انسپکٹر صاٚبس زِ جل گوڈ تٔمن ہوٚین ہُند
تدارک کرنہ یُن تاکہِ یِکُو سأنی امن پسند شہری ہیکن بغأرٕ
کُنہٕ پریشانی تھدِ رکرٕتھ۔ مے گوٚ رتہٕ حکم نامہ انسپکٹر صاٚبس
حوالہ تہٕ آرام وٕ اطمینانہ ستیٚ دراس پنہٕ نِس کأرس ڈیوٹی
کُن۔ انسپکٹر صاٚبن دیت مے یقین زِ اکس دُون دُوہن
تام کرٕن تمہ ضرور ہوٚین ہُند تدارک تہٕ نِچھناون تمن

سبق۔ پکر یقین وُٹھن زٕ، یم کرٕ ہوک اُکی یمہٕ دُنیاہ منٛز
غٲبی تہٕ فکر کرٕ نچ چھنہٕ کانٛہہ ضرورتھ سپٕدِ ذراس سیٹھاہ خوش
گوتھہ امہٕ دفترٕ منٛز۔۔۔

اَما یہ کیاہ؟ دِگرن یلہٕ پتہٕ گرٕ گن لیوان اُوسس تہٕ مےٚ وُچھ
وارِیاہ منٛز اَکس ڈبہٕ تَل جمع اکہٕ وَدٕ پیٹھ ۔۔۔۔ تہٕ اَکھ
اَکس ٹکن بُچھ کرتھ کیٛنہہ تام مشوٗرٕ کران "شاید اوس تِمن
تمہ شخصہ جس کُنہِ پتاہ لوگمُت یُس ہونٛین خاص کرتھ
خودایِن بخشمُت چھُ" زِ اَسہِ چھُ تِمن خلاف اعلان جنگ
گورمُت تہٕ ساری اَسی اَتھ متعلق سام ہیوان۔

کال کھیتھ یلہٕ بسترس منٛز ڈاس تہٕ پتہٕ اُوسس سوٚنچان
زِ اَز کرٕ پتہٕ راتھ چھہٕ تمہٕ رُہمنٛز تہٕ گسر۔ مگر یہ کیاہ؟ وارِیاہ وَق
گژھ رُیوتہِ رُہنہٕ اُوس نہٕ کنہ نیب نِشانہٕ؟

ژوپارٕ اَسی اَکھ عجیب ژھوپہٕ زَن اَکی نہٕ کانٛہہ زوٗدٕاتھ
گنہٕ تہٕ ۔۔۔۔۔ سوٚرے لوٚ ندٕپوٚکھ اُوس شانٹہٕ تہٕ ژھوپہٕ دَپ
سِتی بدلے باسان ۔۔۔۔۔ صرف اُوس نیمر رالتہٕ کرٕ یلن

ہوٗنداوِر یۄر دٔ ژٕن تہٕ تہٕنٛز عجیب آوازٕ کَنٛن گوٚژھان
••••• ییٚنہٕ اُسکر نہٕ دُور دُور تام کانٛہہ آواز ، مےٚ باسیوو
زِ شاید چھےٚ ہوٗنیو میٹنٛگ کرتھ یہٕ فٲصلہٕ نیوٗمُت زِ وَنۍ پزٕ نہٕ
تِمن شور کرُن تہٕ کانٛسہِ ہُنٛدِس آرامس خَلل تراوُن ۔
بعض راتھ تام اوٗسُس پےٚ کرِتھ پھِرکی دِوان مگر نیٚندرٕ کیتہٕ
رکوہ ۔۔۔ ؟ دِچھ وُبرائے اُسکر صاف لگن گوٚژھان ۔
مےٚ سوٗچ ہوٗنٛۍ اُسکر نوٗرائے کران تہٕ اکھ عجیب رونق
اُسکر باسان زَن تہٕ اوس وُنہِ آسان ۔ مگر یہِ ژھوپہِ دَم یہٕ
چھےٚ زیادے یِکن عجیب تہٕ خطرناک باسان زَن تہٕ ییٚنہٕ والہِ
کُنہ طوفانٕچ زِ ییٚنہٕ وُنۍ دِوان ۔
سارےٚ راتس رُودُس بہٕ لرِ پھیر دِوان تہٕ اکھ خوف تہٕ ڈر
گوٚو مےٚ دِلس پٲدٕ ۔ مےٚ باسیےٚ زَن تہٕ قبرستانٕچ ہِش
خاموشی ۔
مےٚ گوو پرٕز ، ہوٗنٛین ہُنٛد وُگُن ، شور ، شرابہ تہٕ چھےٚ انسانہٕ
سنٛدِ خاطرٕ ضروٗری تہٕ یُہنٛد آسُن چھےٚ اِنسانہ سنٛدِ لسنٕچ بسنٕچ

آگاہی تہٕ پئے پتہٕ دِوان ـــ تہٕ باسہٕ سُورُوی اُڈ نٕہ پوٚکھ اگھ

قبرستان ہیوٚ ـــ سہٕ چھِس سُوٚنچس زِ اگر یِمہٕ مرن تہٕ نابود

گوٚھن تیلہٕ کیاہ روٚنق روزِ یتھ بستی منٛز ـــــ؟

ضُچکھ پہر اوس تہٕ مے گئے نٕہ زوٚل گرٕ بنیہٕ گوس ہُشار

تہٕ وُچھم گاش آمُت ـ

چاے چیوان چیوان تہٕ آسر مے ذہنس منٛز اکھ عجیب کشٕ

مکشٕ ۔۔۔۔۔۔۔؟

وُنہٕ آسہٕ دُوئے وَاہ تہٕ بہٕ گوس تیار گوٚژھتہٕ تحصیل وَار

صاحبس دفترس منٛز حاضر تہٕ صاحبس گرم درخواس ۔۔۔۔؟

جناب وَنِو کریو پٔتھن جوٚہنٛن تدارک یا مارنک حکم

منسوخ تحصیلدار صاب اوس مے بدلہٕ نظرٕ

وُچھان ۔۔۔ تمس آئے نٕہ پتہٕ بہٕ کیاہ چھُس وَنن ـــ تہٕ

مے کوٚر عرض ۔۔۔۔۔۔۔؟

جناب مے باسیو زِ یِمہٕ ند شور شرابہٕ تہٕ ہملہٕ وَل تہٕ چھہٕ

تیوٚ ضرورٕ پوٚت سوٚن آسُن ضروٗری چھُہ ۔ یِمہٕ چھِہ سانہٕ

روزٕنگ تہٕ بستی ین ہُند بے پناہ وِوان تہٕ سأنِس آسنس
رُوِق بخشان۔ "لہازا چھس بہٕ ہوٚعین خلاف کرٕ مُت
مُقدِمہ واپس نیوان" تہٕ تِمن سأرِی خطا معاف کران۔
تحصیل دار صأبن ترأوے گٔن اَکھ دُولہِ نظر تہٕ اَکھ تبسُم
گوٚس وۄدھن پیٹھ ظاہر۔ شاید اوس سہ تہٕ خوش میانہِ فاصلہ
سیٹھے نِسے تیوٚ ہوٚنین خلاف چُھس مقدمہ واپس تہٕ لیکھن
فأیلہِ پیٹھ زٕ "ہوٚنین گوٚ ہنہٕ وٚنی کینہہ تہٕ وُنِن"

اند

# ☆ قسمت ☆

ظاہر بانہالی

اُوسُس ہیرن کھسان تہٕ سونچان اَما یہ چھا
تھکِن؟
سہٕ اُوس طوطس وانہٕ تراوُن تہٕ حُکم دِوان
---طوطا رام، تیٚمہٕ نیر پنجرہ منٛزٕ تہٕ وَن صاحب
چھیٚس قسمتن ہُند اَحوال۔ طوطہٕ اُوس اَکھ پرچہ
یمن گوڈنی لیکھتھ اُوس تھاوُنہٕ آمُت "یہ چھُ اَکھ
راز" پتہٕ توتہٕ سیٚتی ییوٚن کڈان تہٕ پتہٕ پیٚیہٕ پنٛنِس
پنجرس منٛز اَندر گژھان۔ سُہ نامہ رنٛگی اُوس مالکھ

اَمِس بیہ اَکھ دانہٕ تراوَن یِمہٕ سیتۍ طوطہٕ سیٹھاہ خوش اوس

سپدن۔ پۍ چِس منز لیکھتھ عبارتھ اَسی صاحبہٕ سُند قسمت

یِمہٕ آیہ بیان کرٕان "تُہٕ ہیٚر چھکھ بخت بۆڑ۔ چانٕی قسمت

چھےٚ تارکن گَن لمان تہٕ ژےٚ چھےٚ بُلندی لیکھتھ۔ پۍ نس

منز چھنہٕ کانہہ کمی"

صاحب گو سیٹھاہ خوش تہٕ پانٛژ روپیہ تراوِن طوطس

ییتامہ رنگو نیاز۔

اکی انہ مانہ آے واریاہ صاحب تہٕ پرژھوک طوطس

پنٕنین قسمتن ہُند حال چال۔ پنٕنہ پنٕنہ آیہ وۆن طوطن

سارنی خوش کرونٕی اَحوال تہٕ واریاہ ییتامہٕ گۆرن جمع۔

اَتھی مابانس منز آو اَکھ خوش لۆٹھ نوجوان پنٕنس

اَتھس منزٕ اَکھ فائیل یتھ تھٕ کوٚرِتھ راوٕ، تہٕ سوچٕن زِ چھنا

صلاح قسمتن مُعہ احوال پٕرٕ تھوٚ اَمس طوطس.....

ساَری ہے چھ ژُ چھان۔

طوطس آوا َمہ سندِس ناوٕس یتھٕ دانہ تراوِتھ حُکم کرنہٕ

زِ صاحبہ سندِس ناوٕس یتھٕ کرٕ اَکھ کارڈ نمبر۔ طوطن کٔر

حسب معمول اَکس کارڈس ٹونتھِ سیتی تھپ تہٕ اژٕ ہ

لیوٗک ہیوٗ کرِتھ تھاوٕن پیٚہٕ واپس۔

پتہٕ کوٚر ن یتھ اکھ کارڈ چیرٕ ہ رِتھ نمبر تہٕ تراوٕن مالکس

برونٛہہ کنہٕ۔

عبارتھ آسے یہٕ شوقہ تہٕ ووٚمیدواری سیتی پرنہ

....؟ ''ژٕ چھکھ واریاہ قسمتھ ووٚل ازٕکس انٹرویوٗس

منزٕ گژھکھ کامیاب تہٕ نوکری چھےٚ اَتھس منزٕ۔ آئندہ

تہٕ رُوز کھٕ ژٕ خوشحال۔ عمرُ چھےٚ زیٹھ۔ پانسہٕ چھُے یتہٕ
وأنی غم منہ بر بگرُمو کام چھےٚ بنن واجُن" نوجوان
گوٚو سیٹھاہ خوش تہٕ اُس اُکھ منسٹر صابنِس چھٹھِ تہٕ از
اُتھس منز تہٕ نوکری نہٕ لگہِ تکُ چھنہٕ سوالے۔ اُکھ
کوٗز اُتھس منز رُوٗ ٹھُمت پانژاہن رُوپین ہُند نوٹ
طوطہٕ سندس مأکس حوالہٕ تہٕ خوشی خوشی دراو۔ اُچھن
آلیس اکھ چمک تہٕ خوشی سیتی اُچھ یِوکھ یہِ پزِ تھ
زاُمس چھےٚ از نوکری میلن واجنی۔

سہُ دراو بروٚنہہ کُن پتہٕ رُودُس سوٗنچان شاید چھ تاوِ یہ
تہٕ پننی قسمت ۔۔۔ شاید ماونہ طوطہٕ کانہہ پڑ خبر اہ ؟
یہٕ چھُس اُتھِ غلہٕ گوشس زاکھ دھاکہٕ گوٚو
وَھاں ٭٭٭٭٭٭! اُتہِ وَتھ چھلہِ چھانگرِ اُوٚرِ یور آے

آ ئے لوکھ لا یتھ۔ گوی ہول یارِ وۆتھ۔ اَما یہ

کیاہ؟ یہ گوس ہیہ ہنگہ رُوزِتھ کیہنہٕ آونہٕ سوچس

تہٕ زِ کیاہ گوٚو وق گوٚ تھامہٕ رُوزِتھ ساری گوٚوی

وٕہیہ۔۔۔! کیہنہٕ کال گوٚ ھیتہ چھٹیہٕ وزہیہ تہٕ اۆند

پۆکھلک نظر بَن۔ زٕکھن ہندِ وَدَن یارِ وٚاَسی

صاف بوزنہٕ یوان اَکھ چھیہ گرٕڈ آسی

وَرِٕتھِپہ۔۔۔۔ اَکس جایہ وچھم وٲریاہ لوٗکھ تھٲے

تہٕ تہٕرس کتھ تام کُن وچھتھ وَچھ

پوٚژراوان۔۔۔ یہ تہٕ گوس دِل کرتھ نزدیکہ

پہن۔۔ اَما یہ کیاہ یہ نوجوان ہے اوس وُنی آسن

تہٕ طوطس اتھِ پننہٕ قسمت۔۔۔ اے گوو پتیم شہ

پتھ تہٕ برو نیم شہ برو نہہ۔۔۔۔۔۔۔۔ سہٕ اوس پننہٕ

کاکہ اُتھس منز چیر ژٹھ آسمانس گٔن مُنہٕ
تھاوِتھ کھُلہٕ نظرو وچھان شاید اَکر ٹہ تِمس
طوطہٕ سنز پیشین گوئی راس آمژ ـــــ!

٨ ـ

اٰنہٕ

# ☆ گگرٕ ژھوٹ ☆

ظاہر بانہالی

مے چھُہ نہٕ یہ سوٗنٹھ لاگُن ۔۔۔ تتہٕ آسن کم کم رشتہٕ دارتہٕ لأزم وٲر پٔژھی آمتیٕ ۔۔۔ تم کیاہ وَنن ۔۔ سوٗنچن زِ گمس شِکس ۔۔ چھس باگنیٕ آمژ ۔۔۔؟! پھا تھاوٕ وَنِ رُوشن ییہٕ نیوٗک نیوٗک پوشہٕ وٕ ول سوٗنٹھ لاگُن ۔ ییہٕ چھی ژٕنے برٕژہٕ خوبصورتھ لگن ۔۔ تہٕ زَن چھکی پوشہ تھر ہشی باسن۔۔۔۔اِن توتہٕ لوگُم نہٕ! اَز خبر گُس چھُ یہ گریس چھٹی لاگُن ۔ ژٕ چھکھ وٕنیہٕ پرانہٕ وٕ ی تارَ وترا ان ۔ زَمانہ وٕوت کوٗت تام ۔۔۔ ازچھہٕ کم کم کیپر وَرامتی ۔ گگرٕ ژٕنے ۔ ہائے خودایہ ژٕنے چھی نہٕ زاہ تہٕ تکن پلوٕ ہینز ۔

وٕنی اُوس سہل ۔۔ مگر تتہٕ آسہِ میانٕ ییٕنہٕ تہٕ آمژ ۔ سوٗ کریم اَٹی اُٹی تہٕ زیادے پھُن کٕٹھی ۔ یا گوٗپے چھی نہٕ سوٗ کم کم تہٕ کیتیٕ قیمتی سوٗنٹھ چھُ

لاگان تہ مے دِچھتھ چھہ میٹھہ پتہ میٹھہ سوٗتھ بدلاوان۔ شاید مے زانہہ باپتھ۔ یہ چھس گوٗھان، کوٗہ تام یلہ مے اُکی زٔڈی چھہ دُوان ترین دُوہن لاگنی پیوان۔ سأری چھہ آسن کتھ کران تہ پامہ دِوان۔۔۔ اَچھا اَچھا۔۔۔۔۔ وَنی کیاہ چھہ چوٗن مطلب۔؟ سیٚدھ وَن؟

"یہ اوٗس عباس صأبس پننہ گھروالیہ ہُند ژوٗک مُدرژأنتھ تھس رَنزنا وچ کوشش اوٗس کران۔

عباس صأبنی آشنی اُسی وراثہ مالین گٔمژ، ماجہ ہنز بأنس اوٗسس کھانداری، تہ سہ اوٗس عباس صأبنہ ہوٗدرنکھے ژوزان۔ تہ کرتھ کاٗنسہ تہ اُکی تن کھاندر۔۔۔ خاندر۔۔۔؟ تہ توہہ پتہ نہ آسن زرقہ برق کرن دوٗل سوٗتھ۔ یہ کوٗہ کتھاہ؟ عباس صأب وَندوے تہ گومت حوصلو۔ یہ چھا زمانہ سہ زمانہ یلہ لجہ تہ زنانہ پھیرن لاگتھ تہ گلس قصابہ دِتھ اُسی گٔن گوٗھان۔ خاص کرِتھ کھاندرن کھوندرن منز۔ تھ پوشاک اوٗس سنجیدگی ہُند ماحول پأدکران۔ وَنی چھہ خدائی حافظ۔ بعض کھوتہ زیادہ چھن جسم گوٗھ آسن۔۔۔۔ ننگے

تہ اَتھ چھُ وَنان فاشن۔ فاشن گیاوُ جان گرِدَنی گوژھ جھمس پیٹھ

خُودا خُودا کرِن کیہنہ روزِن تہ ۔۔۔؟

اَتھ منزٕ ؤتھ عباس صاحب تہ دَراو بازر ۰۰۰ اچھا بہ دَراس بازرتہ

اَنے ٹنے رکیٹ جان گیرِک سوٗٹھ ۰۰ تھ ژٕ یاد کرِ کھ! تہ یتہ

گوژھ نہ کانسہِ تہ تیتھ آسُن ۰۰۰۰ اِن ۔۔ ژٕ چھکھ پی وَنان وَنی

وُچھو تا ۰۰۰ کیاہ انکھ؟

اچھا ژٕ کر باگے تیاری بہ دَراس۔

عباس صاحب گو بازرِ تہ اَنِن سوٗٹھ سٕ تہ ریشی ۔۔۔! السنز آشنیِ جلنہ

گے سیٹھاہ خوش تہ دراے دَرزِیس دِنہ باپتھ ۔۔ عباس صاحب سیتی

پکہ ناوُن تہ موٗٹھس نہ کیہنہ۔

بے وستاہ ۰۰ دَراچھاوِ ژ زَن اَز کر فیشنک ۔تھ نہ خراب گوٗ ژھِ

۰۰۰ چانہِ بی بی جی بغاری گوژھنہ کانسہ تہ ۔تھ سوٗٹھ آسن ۔نہ

ھُن تہ امیکہ تعریف ۔ژ زکھ ژ پانے کھاندرس منز تہ پتہ وَنی ژمیون

سوٗدن دَراوا ئُن کنہِ نہ؟ ۰۰۰ دَری ھُن چھکس ۰۰۰ وَنی گود

سلائی چھ دَرا ۰۰۰۰۰۰ ہتہ ھُن تھیک تہ چھنہ داہ ۰۰ ہتہ دِتہ

کیہنۍ.. بی بی جی رُوزِن خفض خوش سُوے چھ میانۍ سلاتی۔

وَدستن ونُ اکسی شہس منز سوٗرری۔

سوٗتھ وُ وت سیتھ گھر تہ جانہ گۓ سیٹھاہ خوش۔ خوشی تہ اُسی پیٛزی

سوٗتھا وس تمہ آیہ سووتہ آمت زِ کتھی چھنہ کانہہ۔ وَنۍ گوو کیہ تہ

کتہ اُوس کم قیمتک ... ! یہ چھُ دکھ کتھ زِ عباس صاٗبن اُوس یہ

وزم انتھ پتہ نِس ینہ واٗلس تنخاہس اڈ کھش تھوٗمت کرتھ۔

ونۍ چھ پگاہ وارہ کارہ کھاندرس گژھن تہ چھ ناصلاح یہ کرتھ سُوٗئس

پیٚسہ بخشہ ......؟

جانہ اُسی پانس سیتۍ کمۍ تام آیہ خوش گوڈی گوڈی کتھ کران۔ زَن تہ

اُوسن تس تام خزانہ لوٗب مُت۔ گندی کرتھ تھوٗ وجانن تاہ کرتھ

سوٗتھ صوٗندقس منز تہ لۍج باقی تیاری کرنہ۔ وزِ وزِ اُسی تمہ ونَ دِ

ھُورگ تہ گنگر اون یم تمس پگاہ کھاندرس منز وتۍ اُسی ...... مہرا

لالو چھیو سوٗالو خانہ موج کوٗر چھے حوالے۔ دیپو عباس صاٗب

اُوس وَنۍ مطمین ... سہ اُوس سوٗنچان زِ بۓ دوَنۍ پنہ خرچ

دیپوی تنخاہس اڈ کھش گوو ... تو تہ گووٗ نہ کانہہ حرج۔ کھاندر

چھُ کوھن ۔ لولن لش روزِ ٹیٹھ ۔ نتہٕ وَپن شاید ھکھٕ نہٕ
کینہہ ۔۔۔۔۔ تہٕ گھر واتِتھ چھُن تھاوُن فقیر بھائے ہَتِھ ۔ جانہٕ تہٕ
اُس سیٹھاہ خوش تہٕ شُکر گذار اُچھو سیٹھٕ اَکو وچھان عباس صاُبس
کُن تہٕ سوچِن زِ اُمس کوتاہ لول چھُ میون ۔
خوشی سیٹھٕ آئے یِمن ژلی ژلی نِندرتہٕ گئے خوابن منز مَس ۔۔۔!
صبحائے وُتھتھ چائے چیتھ یلہٕ جانن ساری کام اَنزراوتہٕ سِران
دِھیان کرِتھ پنن پان اُراوُن لگ ۔۔۔۔ تہٕ عباس صاُب آو نزدیکھ
تہٕ وَنن ۔۔۔ کیاہ ساُ اَز چھُ سخ اُراو کرنہٕ یوان ۔ کُس باپتھ ؟
نیر وی ۔۔۔ یہِ مہٕ اُسوِ وَنان ۔۔۔ کھاندرس چھُ گوھن تۄ گوھا
نُلوِی ؟ کنگئے تہٕ دِمہٕ نا ؟ اچھا اچھا تُہو نیریو ہہٕ تہٕ وات دفترٕ پیٹھ سید
سیدٕ د تورٕ ۔۔۔!
جانہٕ دَرائے پلوٗ لاگنہٕ ۔۔۔۔ اہے مۆ جے گگر ہے ! جانس ژُنج
کرِکھ نیرتھ ۔۔۔ یہ اَکو گگرس زیادے پنن کھوژان ۔۔ عباس
صاُب یُس وتیہ پلوٗ ی اُوس لاگان دَراو وَژھ کمرٕ منز ۔۔ کیاہ گو و؟
کیاہ گو و؟ ہے میانس صوندقس منز اُوس گگر ژاٹت ۔۔۔ تہٕ وَنی چھا

صاب یُس ونیہ پلوٗی اُوس لاگان دَراو وُڑِھ کمہِ منز•• کیاہ گوٗو؟
کیاہ گوٗو؟ ہے میانس صوٗندقس منز اُوس گگر ژامُت ۔۔۔ تہٕ وَنی چھا
خبر سوٗتُھ تھاوتا کنہِ ٹٔکن؟ یہ دَپتھ کھول تمہِ پنُن سوٗتُھ تہٕ ڈِنن ڈِتھ
وچھن۔
ہے خُدایا•• وَنی کیاہ لاگہٕ ••؟ گگرٕ سُند شُش ۔ یتھ ہے چھنز
زٕ ژور ٹُکھ دِتھ پرٕ ییُن کورمتٕ تہٕ لِج اچھو کنی موختہٕ پھلی ہارنہِ۔
عباس صابن ٹٔل بڑہ بے چارگی سیتی سوٗتُھ اتھس منز تہٕ ونُن •• ہے
یتھ چھُ نہ پرٔوائے ۔ یتھ گوٗو رُوپھ تہٕ ۔۔۔۔ زَن تہٕ اُوس
اَندری سونچان زِ یہ رُوف چھُ نہ سوٗتس کرُن بلکہِ اَمہ سندِس کلیے
بُجس ۔ اَوٕ وَنی چھانٕے یہوٗے گگر ژھیوٹ سوٗتھ لاگتھ کھاندرس
گوٗھن ۔۔ گوڈٕ لوگ نار ۔ یتھ صُندقس اَسہ شکس لدٔن چھُنہٕ کنہ رژ
المارٕ کہ تہٕ ۔ یتھ منز پکی چیز تھاوٕ ہوو؟ خبر کوٗ پارٕ ژاو اتھ منز ۔۔۔؟
اَمس گگرس تہٕ آدصرٕف تہٕ صرٕف میوٗن بد بیہِ نہ کیہنہٕ۔
وَنی گوٗو نہ بہٕ کھاندرس جائن کرٕ اعلان تہٕ درائے ڈھہ واُرکرٔان
۔۔۔ شاید گگرس ۔ یلہِ دتھ صُندقس لتھاہ کرِتھ نبرٕ ۔ یہ چھُ دوٗیم کتھ

تہٕ گو پۆزی گر اَبس گگرِس تہٕ اُوسا اَزی مے سیٖتھ دُشمنوت
کرِن۔۔۔ سے میانِ ارمانن گوو لۄٹھ تہٕ میانِس تھٲس تہٕ گو کھش۔

انت





مرژُواٹگن ژُہہ سیٹھہٕ اُوس کمرس ٹنوی گژھہٕ کار

ژُوتھمُت اُوخن صاب اُوس کلہٕ ہِؠن ٹن ترا اومُت تہٕ

اندری اُوس کینہہٕ تام پران۔ پتہٕ اوس کلہٕ تھوٗ دتکتھ۔۔۔۔

پھو پھو کران تہٕ کلہ ہیہہ یُون ٹن تراون۔

برونہہٕ کنہٕ آسی سوزنانہٕ مَس پریشان تراوِتھ کموٗ اُچھو پتہٕ

نین تمن رشتہٕ دارن ژُچھان۔۔۔ یمو وسُواُورانمو آسی۔

زِنیٚ جوراہ آسی اَکس گُجس منزٕ پتھ سگریٹہٕ گشن پیٹھ گش

لگاوان۔ تہٕ جوٗراہ آسی کلہٕ مِلہ وِتھ اَکھ اَکس مِتی کینہہٕ تام

پھسرائے کران۔

اکھ عجیب کھوژُون ماحول اُوس۔۔۔۔۔۔ پھو۔۔۔۔۔۔

پھو۔۔۔۔۔۔ کژھ گوژھی یا گوگرہ۔۔۔ ونَ کیاہ گوژھی؟ منزٕ

گےٚ آواز۔ نیم بے ہوشی منز زنانٕ کرٕی کینہہٕ تام

پھسرِ لئے۔ یِہس صرف اُوخن صائبس تام محدود

رُوز۰۰۰۰ اُوخن صائبن دِژ ثُمارِ اَچھووا اُورِ یور نظر آوتہٕ دُنہٕ

نکھ ـــــ ہیے کٔڈ چھُ منگان ۰۰۰ تُوکرس پیٹھ چھُنہ

راضی۔ اَدہ حض دِمو چارہ کیاہ چھُ۔ سگریٹس زیوٹھ گش

دِوان دِیُت اَسکہ کونہٕ منزٕ اَکھ زٕ ژٔنی جواب۔

جان گوٚ۰۰۰۰۰ یتہٕ واجنیہ بٔرسوارِ دُوہہ گوڈہ وائنن سہٕ تہٕ

ریشم ہیو سفید گٔڈ۔ باقی کرِ بہٕ پانے۔

سارِوی سمتھ چٔج نیم بے ہوش زنانہٕ ٹھپ کرِتھ تہٕ درائے

گھرِ گٔن۔

یہ اَسی ساجہٕ ستہٕ مالہِ سنزٕ ثُنی خانہ موٚج کوٚر آسنہ کِنہٕ اُوس

اَمس مالہِ سُند سوٚروی جاداد میولُمت۔ مگر بد قسمتی ڈ چھوو

اَمس اُوس نہٕ خُدا این کانہہ تہٕ اَولاد دِتمت۔ مالی اُوس بڑے

چکہٕ چاو ستی اَمہِ سُند کھاندر گرمُت۔ مگر حالاتو دِیُت لرِ

پھیور۰۰۰۰ تہٕ سہ گوٚلو کچہ عُمرِ پتہٕ توٚرِ ساجس ترا وتھ۔ مالہِ

سندِ مرنہ پتہٕ رُوز نہٕ اَمہِ سندِس خاندارس کرِیمس اَچھن

منز سو پأرِ زان سہٕ لوگ خاندار ینہٕ کتھِ کتھِ پیٹھ تنگ
گرنہِ۔ وجہٕ اُوس ژھوٹ۔ تمسِ اوس ڈوییمہِ خانٕدرُک
مأل پھیورمت۔ مگر سوٗری جادٕاد اُتھ منز نیرتھ ژلہِ تک
خوف تہٕ اُوس برٕ قرار۔ اوٕ کنہِ اُسی یہ کأم سیٹھاہ مُشکل
باسن۔ سُلٕن (سُلطان) بدلو وپنن وطیرہ۔ امی لاج ساجس
ئے مائے ستہٕ اکہ دوہہ موقعہٕ وچھتھ ونہٕ نس۔
"از سمکھیو وے پٹوأری صأب" ادِ؟ ساجن پرژھوس،
سہٕ ہے اُوس ونان وَنی چھُ دوہہ بس لگن وول۔ تہٕ اسہِ چھُ
ناچأنس مألی جنتی سنز واریاہ زمین۔۔۔۔۔۔ یہ پیٚیہ ڈون
ناوَن کرٕنی نتہٕ گوژھِ یہ سرکار ینٛژ۔ تہٕ پتہٕ نیٚن اتھ کاشکار
واپس۔۔۔ ژٕ وَن صلاح کیاہ کروتہٕ ژٕ کیاہ چھکھ وَنان۔
ساجہ وژھس وَرجواب "نہٕ سا تہٕ یہٕ کیاہ ونہٕ مے کیاہ چھُ
پئے۔ سہٕ تہٕ ان پرٛژھ زنانہٕ ژٕ یہٕ یہ خوش کری تہٕ کرٕ۔
دوییمہ دوہہ کرُ کریمن اِشتام تحصیلس منز پیش تہٕ ساری
جادٕاد، زمین تہٕ گُل کوٗٹ گرن پننہٕ ناوِ۔ ساجس کیاہ پتاہ

مس کیاہ چیک تھ۔ دُوہہ دوہہ اوس لوران مر پڈ
بے قراری آسی ہران۔ سہ اوس اکثر سونچان زِ وَنی چھُ
اَکوی روٗٹ۔۔۔؟ ساجہ تہٕ پتہ چھہ عاشِ
عاشِ۔۔۔۔۔۔

کیوٗنژ کالا گوٚھتھ سپد ساجس محسوس زِ سُلّن وَتیر چھُ
بدلیومُت ہیوٚ وباسان۔ سہ اوس وَنی کتھ کتھ پیٹھ ساجس
ذہنی عذاب دِوان تہٕ مالہِ نین ہنز پامہ دِی دِی زَدٕ
کرُان۔ تِمہِ چانٕی مالنہِ آسی شکس لدَ۔۔۔ تِمن کیاہ اُوس
اَن پڑھ زنانہ آئے ٔ بانٕگنی۔ یہ آسی نہ میانس مالِس
کانہہ کأم۔ نتہ آسی ہے گُم گُم گھر زار پارہ کران۔ تہٕ یٕیہ
اُسم دَاج تیوت دِوان زِ ژ ہیکھ نہ خابس منز سونچِتھ۔
ساجہ کموٚ گنوٚ آسی یہ سوروی بوزن تہٕ تِمہِ دوہہ یاد کران یلہ
زَن سُلہ اُمس پوٚنپرٕنی گتھ اُوس کرُان۔

مگر لأنس کیاہ آسہِ لیکھنہ آمُت۔ یہ گس ہیکہِ وَنتھ۔
ساجس تہٕ اُوس نہ کانہہ پےٚ لگن زِ تِمس انٛد پکھی گس

زاَل چھُ ڈوَنہٕ یوان۔ سُو اُسی پھوٗ وکھوڑ پینچو ونِش بے
خبر۔۔۔۔۔ تہٕ پنہٕ نِس رنِس سُوٗ یے یزتھ تہٕ احترام دِوان تہٕ
لول ہا گران یِمِک تمسِ مالِعیوز اُ پانس کھسن وِزِ باند باند
گرمُت اُوس۔۔۔۔ مگر ؟ انسان یُس ازلے غلطین
ہُند پتُل چھُ، چھُ گنہ وِزِ تم سرحد تہٕ سوٗ کھ پراتان یِمَن
وچھتھ۔۔۔۔ فرشتن تہٕ تھ چھُ وتھان۔ یِمَے سرحد ٹلے
گران گران گوٚ رسُلَن سوٗ وتھ اختیار زِ ساجس اُسی نہٕ وَنی
اُوش ہارنہٕ بغاٗرِ کینْہہ تہٕ بیٚیہ تگان۔۔۔۔ سُو اُسی گوتن
گوٚھ گوٚھ اَکژر سونچان۔۔۔ ژگن آسُن تہٕ لوٚیہ نہٕ
کینْہہ۔۔! ہائے خُدایہ۔۔ اِ گراکوی بوٗے آسہٕ ہیمِ۔۔
یِمہٕ سندِس پھیکس پیٹھ کلہٕ تراُ دتھ باکھ ژھٹہٕ ہا۔۔۔۔ دُور
دَراز گامس منز اُوسُس اَکھ رشتہٕ دار یُس گاہ بیگاہ اُڈر
اُوس یوان۔ ۹۴

خبر اتر بیٚتھ اُوس سہٕ تہٕ جلدی منزِ آسُن۔ وَنی کرہے
تمس فریاد مگر سُلَن اُوس کوٚژھ دِتھ اَمہٕ سنز مائے

مشراومژتہٕ پانس کُن پھِر مُت۔ ساجہ گٔے اندری ؤمہٕ
پھٹرٕ۔ سوٗ آسی پنہٕ نِس تقدیریں رَاہ لدتھ وۄنی ہارتھ بیٹھی مۄڑ۔
حسبِ معمول آو سُلہٕ گھرٕ ... اَما یہٕ کیاہ؟ اَمس وُچھنٕ آکھ
خوبصورتھ زنانہٕ سیتیٖ ... یہٕ کوٗس؟ ساجس ژٕج کھوژی
کھوژی تہٕ پرٛژھن وِزِ کرٕ بِکھ نیٖرتھ ---- ژُکس چھکھ
پرٛژھن واجنی بُلہٕ گوٗ ونارِیٚ نار۔ اَز تام اوٗس نہٕ تٔمی ساجس
چیٹھا اَتھ تُلمُت ---- مگر از گٔے یہٕ سرحدتہٕ طے۔
یلہٕ شور وُڈتھ تہٕ ہمساین لج خبر۔ توٚہ پتہٕ ٹیٚو وِزِ کریمن چھُ
اَمس سیتیٖ کھاندر کرمُت۔ ساجسٕ زَن تہٕ پیٚنہٕ ترٛٹھ...
سُو گٔے یہٕ بوزتھ زن تہٕ وُٹسرٕ تہٕ پیٚنہٕ بنگہٕ رُوزتھ واریاہس
کالس توگ نہ اَمِس کینٛہہ تہٕ وُنن اَماہ ونہٕ ہے تہٕ ونہٕ
ہے کیاہ؟
مُسلسل اکس ہفتس اُوش ہارنکٕ دَراوٗ ترٛ یہٕ زِ سُو گٔے پننہٕ
نیوو ہوشو حواسو نِشِ بے خبر ---- تہٕ سُلس کیاہ گوٗژھ
اَمُن --- تٔمی نیوو اَعلان کرِتھ --- ساجس چھُ تصرُف

گوٗمُت••• تہٕ اَمہٕ پتہٕ دَراس اوخن صاٰبس نش
بیٹھ۔اوخن صاٰبن تہٕ کھینہٕ کٔھ جوراہ مگر فرق ۔۔۔۔سُو
رِکوٗھ اتھۍ اُوس تھوٗی دَوادِنہٕ یوان۔ساجہ اُسۍ وَپان ئے
چھنہٕ کانہہ تصرُف تہٕ چھِس ٹھیک مگر بوزِکس تہٕ کُس ولتہٕ
تمہ سندِ یِ غمس۔سُلہٕ چھُ دُویمہ کھاندارنہٕ سیتۍ وارِیاہ
خوش تہٕ آرامچ زندگی گذاران۔
اُوخن صاٰبس تہٕ چھُ گنہ گرہن تہٕ گنہ سفید کٔھ۔۔کھینہٕ کھینہٕ
پانہٕ تہٕ کُھ ہیوٚ گوٗمُت تہٕ پُٹن اُوزقہٕ۔۔۔۔۔۔نتہٕ پکہٕ
ناون۔ساجنس داٰسس چھنہٕ کانہہ تہٕ سَعن
ڈول۔۔۔۔۔

اند اند

# ریشمی سوٹ

رفیقو ۰۰۰ ہتا رفیقو تلاَ کھس وَنٛی ہیور کھیٚہ کینہہٕ بوچھ
آسی لجمو۔ آہنی موٗ جے یہ کہےٚ آس۔ بَس زٕی بچہٕ چھم
یٚمہ فلناوکھ تہٕ آس۔ ئج سیا بلایہٕ اَکوی دٕوہ چھا؟ بیا کھٕ
دٕوہہ یٚیہ نا۔ وَلہٕ پگاہ کرٕکھ باقی کاٗم۔ اَچھاژ پکھ شیر ہتہٕ
بہٕ پوٹھراوٕیے اتھ مچہٕ منٛز۔ وَلہٕ لگےٚ اَمس فاطمس تہٕ
گرآلو۔ یہ ہا چھ صُبحاٗے دَرامژ گندنہٕ تہٕ وُنیہ چھٕ نہٕ گنہٕ۔
یٚیہ ہے پانے۔ نے تہٕ ئیےٚ دٕوہہ چھس گندنکی پتہٕ کتہٕ
پییہٕ وأریو گھرس منٛز گندنک وق۔ اچھا تہٕ پکھٕ بہٕ
شیرے ہتہٕ۔
موٗجہٕ اَز کیاہ ہے چھتھ مرژوانگن زِیادے پہن ترٕ اُوتر
تلےٚ دٕودفیور ماچھی؟ پأنس پتہٕ کنٛز وچھ ماچھی کینہہٕ۔
شاید ناوٕ آسی کھینٛرتہٕ سہٕ چیاوٕ اَمی چانیہٕ بچہٕ بیٹھہٕ شکیلن زٕو

اُوسَس نہٕ ٹھیک۔ رَفیقہٕ دُوتھہ تہٕ وچھن اتھ دُود وارِ منز گٔمی پھن دُود فیوراہ تہٕ وُنن ماجہ گٔن موجہٕ کٔمی چھُ۔ ژٕ تراو ھتھس شامن کرُوچایہ رٔیت بیہٕ کینہہ چارٕ گاوٕ تہٕ چھٔنہ وَنی خاص دُود دِوان بیچارٕ۔ کُنی پھلی تہٕ ماچھس پیوان۔ صرف وانیہٕ گاسَس پیٹھ کیاہ بنیس۔

ہُرٕ ہُرٕ چھُ گمو اُمس چانس مامَس وَنیام ہٕ ژور کلو کوش تہٕ کھل سُوز تہٕ مگر تُمی تہٕ کوش گٔن سٔی۔

ہےٚ موجہٕ ژٕ تہٕ دُچھ کیاہ چھک کرَان مامَس چھک گژھہ ہُو چیز تہٕ گژھہ یہٕ چیز منگان۔ سُہ بچھو رکتہٕ اَنہٕ۔ تمس تےٚ عیال چھُ۔ منگ صرف پننہٕ نس خُدا ئیس تہٕ بیہٕ منگس میون صحت۔ ژٕ نے کہےٚ غم چھُی۔ یوٗت تام بہٕ زِندہ چھس ژٕ ے نامے پزی گٔنہ چیزِچ فکر کرَنی۔ بابہ جنتی چھُ نہٕ، تہٕ توٗ پتہ تہٕ کیا گو وبہٕ چھس نا.....؟

ماجہ تراو شوتھاہ تہٕ وُنہٕ نس وَنی چھم خُدا یہ سنز آش تہٕ پتہ گوچھی ژٕ نے خوداے اُور زُوٗ تہٕ دُور کوٗتھ تھاون وُنی یہکن

سَپدِ زِ تمس "رِنیقس پیوٚ" ژاٹھہِ حال تراون تہٕ گھرچ کامٕ

کارکرنس سیٹھہٕ سیتی پیوٚ تمسِ ماجہِ ہندِ علاوٕ ترٚین بٔنٛین ہُند

نمبر۔ وٲہ کیاہ جان گو۔ ژٕ ہے چھکھ پزٕ کی پاُٹھی محنت

کران۔ اگر ژٕ تھے رٕکی محنتھ کرٕ بکھ تہٕ پیہ چھہ سانٛی

شوٗب۔ شریکن تہٕ گوو دب۔ باپہٕ سند مَرُن تہٕ آسی سارٕی

شریکہ سوچن زِ شاید ما گوو تہٕ بہتہٕ کامٕ نگرے گری

محنتھ تہٕ دِتہٕ مونتو ہیہ محسوس گوو نہٕ سنے پیےٕ پڑھاںٛی

تراوٕنی نگرٔ نے تہٕ فاطمس چھُ وٕنی سیٹھاہ پرٕن تہٕ سوٗن تہٕ

سائنس ماہرٕ سُند ناو روشن کرٕن یِیہ ماجہ ہندِ ارمانن

باُھن انُن۔

پیہ گھرٕ چھُ مرحوم غلام رسولُن یُس پنٛن عیال ترٕ نے کورِ

تہٕ اکھ نیچو وٕیتھ اوس اُکس گامس منز پٕزٕ خوش حال زندگی

گذاران۔ مگر زندگی گرٕ نہٕ امس وفائی تہٕ باز گوھن

گوھن آوٕ نہٕ کراس فایرٕنگ منز وٕلنہٕ تہٕ ہمیشہ خاطرہ

تُوین اچھ۔ رفیقہ اوس تمہِ وِزِ اُٹھمہ جماعژ منز پران تہٕ

بڑٕ ہشِ کورا اُسس نامیہ جماعژ ہُند امتحان دِوان۔ یِیہ زِ

کورِ تہٕ آسہ بلترتیب ستمہ تہٕ ژورمہ جماعژ پرن۔ ساہو نے وجہ

بیقلی اَنئے کینہہ ۰۰۰ چلو ریشمی سوٗٹ اُنے ۰۰۰ ٹھیک ۰۰۰
تہٕ فاطمس اَنہٕ رُوپہٕ سُند ڈُور جوڑ ۔۔۔ مگر یلہِ ژھی دُوشوے
اَڈل پاس نیرِ دِیو ۔

رفیق لالو ۰۰۰ تراو فضول خرچی گرٕنی اَسہِ چھُ وَنہٕ اَکھ
بڑٕ کام نکھہٕ والنۍ ۔۔۔ سوٗ کیاہ موجے ۔۔۔ ؟ زَنہٕ تہٕ چھے
نہ پتہ لوٗٹ ژھکھ لاگن ۔۔ شکیلن خاندر تہٕ بییہ
کیاہ ؟ رفیقہٕ پیوو سوچُن تہٕ وَاریاہ کالس گییس ژُو پیہ پتہٕ
تراوُن شوتھا متہٕ وُنن ماجہِ کُن ۔۔ ژٕمے برغم بہٕ ہے کرٕ اَمہِ
سُند کھاندَر بڑہ چکہٕ چاوٕ ہتی ۔ یہٕ دمے پیٹہ تن رگرُو
رُوزُن ۔۔ ژٕ وچھُن صرف کانہہ جان نوکری ڈول
لڑکہٕ تہٕ بس پتہٕ وچھ کیاہ آسہ خودائس منظور ۔
اچھا بگاہ کیاہ با گوھے بہٕ احسن صاُبس نش تہٕ تمسی تھاوے
بہٕ یہ کام مٕٹہ ۔ تمسِ نش چھ واریاہ یوان گوھان تمی سندین
نظرن منز آسی ضرور کانہہ تہٕ کانہہ ۔ پرُمت لیکھُمت
لڑکہٕ ۔ اچھا تہٕ وتھیو شوگو تمس چھُ واریاہ کام ۔

ژھوک ژھوک وٕچھیو۔۔۔ وٕچھیو۔۔۔!

رفیقہ گوو ہوشیار دروازٕ ترأوِتھ۔ شکیلہ آمبر اَتھ دِش تہٕ کاش وٕچھن ژُر پِھن آمُت۔

اَز کھوٚت اَختالہٕ تہٕ تہٕ ژھکھ ونیہ شونگتھ۔ چائے گموکرٕ تام تیار دِپنہٕ پتھے موٚنج چائے وٕتھ گوو بازر تہٕ نیٚزور چیز چھي انن۔ اچھا اچھا یہ دٕتھ وٕتھ رفیقہ تہٕ دراو بازرٕ کن۔ گوٚھن گوٚھن اُسس ہیٚنہ کُزیکھ دِوان۔ مےٚ کیٚت ہا اَنہٕ زٕریشم سوٗتھ۔ ہتے از مےٚ کرُن تنگ اَمس چھا اَز پونسہ تہٕ سوٗتھ اَنی۔ وٕچھو۔۔۔ وَنی کرو کینہو ھا۔۔۔ رفیقہ دراو۔ اچھا تہٕ موجی ہے دراس، گوو خودائس حوالہ۔ خُدا تھاوُنے وار وٕتہٕ۔۔۔۔

زٕ بجائے رفیقہ چھنہ گنہ۔ حالاتھ اُسی نہ جان خودا گوژھہ رُت تہٕ خار گرُن۔ رفیق نہ ماجہ اُسی واُنج ژٕسی ژٕسی یوان تہٕ عجیب عجیب خیالاتھ اُسسِ وَتلان زٕرہ دٕوہہ بروٚنہ اوٚس بازرٕ گرنیٹ پھوٚٹمت تہٕ مےٚ

پرٛزھ۔۔۔۔کیتاہ گئے اڈٕ کھیو۔۔۔۔

عام تہٕ خام چھہ یوان اتھ منز وٲلنہٕ خاص کرتھ یمن ہنٛہ کانٛہہ گوناہ آسہِ۔ تہٕ اَمہِ سیاستہٕ نِش بے خبر چھہ آسن ۔ خودا گوژھہ رحم کرُن۔ واریاہ وَق گو اَما یہ رفیقہ آو نہٕ ۔۔۔ کوت گو؟ اتھی ستیٚ لج یہ پنٕنہ کامہِ ہندِس غلبہٕ کوشس ۔۔۔۔۔ ڈھاے ہشی بجاٗیے۔۔۔ شور گو آنگہ نس منز اِظہار۔ اَما یہ کیاہ شور چھہ؟ نیہ دید ڈن شکیلس کُن، نظر دِی شکیلہ۔۔۔۔

شکیلن دِژ وارٕ کٕنۍ نظر تہٕ اتہ ڈیٹھن لوکہ اَرساتھاہ تہٕ پنٕنہ پلسہِ واٲلہ زٕ ہ ژور تہٕ۔۔۔ اُمس گئے واژنے نیر تھ۔۔۔ یمہ اُسی ہندی ہنگس کُن پکان ۔ موٗ جے تلےٗ یوٗن وَس ۔۔ اُمسِ ژٕج بے وَایہ کریکھ نیر تھ۔۔ نیہ دیلکی وَژھ ساری کام ترٲوتھ تہٕ یہ لوگ نہٕ پتھی ڈِ سوٗ کرٕ وٲژ آنگہ نس منز۔ اَما یہ کیاہ نمردار گا مک ڈیٹھن پلسہ والین ستی کینہہ تام کٔھسر پھسر کرن۔۔ نمبردار آو کھوژی کھوژی

نزدیک تہٕ زیبہ دیدٕ گن وُچھن --- زیبہ دیدی خودایس اوس
پی منظور ---- ژہن بازرس گوٗگریٹھ تہٕ اچھی زدس منزآو
سوٗن رفیقہ تہٕ ---- خودایہ سُند گرُن ---- وَنی گوٗ صبر
گرُن --- گور یو تُل گتوی کڑ یکہ ناد، تہٕ ژٔ وپارکی وُدتھ
ہوٗل بارو، موٗج "زیبہ دید" گئے بوزتھی بے ہوش۔ شمہ
اُسی کریکہٕ لایان بأے جانو میون ریشم سوٗٹھ کتہٕ
چھی ......؟ تہٕ شکیلہ اُسی زن تہٕ بے نور اُچھو وآسمانس
کُن وچھان تہٕ گژاو کرَان --- سو تہٕ سندی دور گس
لئہٕ ----؟

اند

## ☆ بۄزم چأ‎ے کۍ ☆

گوبراہ اُورگن گوس نہٕ ڈُچھن تہٕ نہٕ گوس اوٚر گن گوھن۔۔ کیاہ ہوزِ بابا۔۔؟ ہتو ڈِپن اتہِ چھہٕ بۄزم بۄزم چأ‎ے کۍ زوٗزان تہٕ تمہٕ ہباچھہٕ بڈین کھو ولو کٹین نوقصان وٲلتہٕ ناوان، تہٕ بیہ شُرین تصرُف کرٚان۔ بۄزم چأ‎ے کۍ کموو گئے؟ ہا تمٚن ہاچھہٕ تالہِ پٔیٹھ ژوٗنگ دزان تہٕ اُچھ تہٕ چھکھ ڈبکس پٔیٹھ آسن تہٕ پکہٕ چھنہٕ مرٚن تہٕ زاہ۔۔۔۔

قدماہ قدماہ ڈِتھ اوس ہوٚڈ بٔب۔۔ لوٚر ڈکھراوٚن ڈکھراوٚن وٚنان تہٕ وٚنتہٕ نشہِ دُور قریباً اوڈ میلاہ اکس زرٚنڈس کُن اشارٕ کرتھ ہاوٚان۔ مے پرژھاس زاتھ زرٚنڈس تل یُس یہٕ فوٗٹبولو کٹُرٕ چھہٕ اتہٕ کیاہ چھہٕ؟

ذِہن اتہ اوس پرانہِ وقتہٕ لرِٹہٕ ا ان تہٕ ا ذ جایہ اُسی گرٹہٕ
والی سنزٕ لری تہٕ نہٕ گوٚ لا ولد مرتھ۔ تمہِ سند مرنہ پتہٕ پیٚے
یہٕ لری وسِتھ تہٕ گرٹہٕ تہِ گوو غار آباد۔ وُنی چھُ اَتھ جایہ
کنڈ یو وتہٕ ذرتڈ وزال وُ ولمت تہٕ ساری چھ وتان زِ ات
جایہ چھُ بزم راکھشو قبضہٕ کوٚرمُت تہٕ اگر ہے کانہہ
اپاری کنی پکِہ تہِ تمی چھ تس نال و۔ لان تہٕ پتہٕ کینہہ کال
گوٚمتھ چھُ سہٕ پاگل یا سودائی گوٚمتھ مرن۔
بہٕ اوٚسس ونیہٕ لوکچہ ؤ دہ ِ منزٕ پکن۔ تہٕ بہٕ بوزتھ اُسی
مےٚ تیتھ کنڈی کھسَن تہٕ اوٚرکن گوٚچھنہ کتھی۔ بلکہ توٚر
کُن اوٚتُس بہٕ نظر بچاوِ کی بچاوِ تلی ٹارِ وُچھن تہٕ موچھ
وٚٹھ دوٚر تُلن تہٕ کیا زہ ماجہ ہُند وَنُن اوس باند باند زِ تِتھ نہ
زاہ اَتھ وُگرس کُن گوٚ ھکھ۔ بد قسمتی وَنہ توٚ زِ مےٚ اوس
سکول گوٚ ھنس اپاری وَتھ۔
واریاہ دوہ گنڈ ریٚے ا۔ کہ دوٚہ شامس گھس بہٕ پنُنہِ ڈبہ
پِٹھ بِہتھ دوٚرِ داں ڈلس کُن امیک نظارٕ وُچھن ژندرن تہٕ

تہٕ اُوس اَڈلیوک کلہٕ کڈتھ یِتھٕن نگاہن ہنٛد تحت تہٕ لۆلان۔ سبٕ زخمہٕ
پاٹھی پیئے مےٚ اَتھ واَرانس کُن نظر۔۔۔ یتہٕ چھےٚ یہٕ کنٛہہ
باوٕنی ضروری زِ میٚون گھر چھُ وارِیاہس تھٕزرس پیٹھ گامہٕ
ہیورٕ کُن تہٕ سانیو اَجدادو چھُ یہٕ یُن پسند کرتھ اَتہِ پٔنٕن
مکانہٕ تعمیر کرمت۔ تہٕ کیازِ اَتہِ پیٹھٕ چھُ ساری گامس پیٹھ
نظر گژھان روزان۔ کتھ آسہٕ چلان وارانٛچ، مےٚ وُچھ
وارِیاہ زاَنگی اَتھ وٕگرِ زرٕ ٹیس اَندٕ اَندٕ اُوبٕر یُورٕ نۆوان
تہٕ گیر بچھُو کران۔ مےٚ ژٕژ کرِ کٕہ نیرتھ۔۔۔ مُوژی دِلہٕ
ہاوٕ۔۔۔ وارِیاہ لوٗکھ زاَنگی یتھ ڈلس منز نۆوان۔
ماجہ یلہٕ اُورٕ کُن نظر پیئے تمس ژۆل اُسن نیرتھ۔۔۔ بیقرارٕ ہیئے
گےٚ برٕم برٕم چاٗ کرِ۔۔۔ اچھا بوڈ بابہٕ اوس وَنان زِ اَتہِ چھُ برٕم
راکشس روزان۔ از بےٚ ڈ چھُ مےٚ اٗچھو۔۔۔ موسےٚ یِم
چھا شُرٕ بن رٔٹتھ نوان؟ رٔٹھ نہٕ تہٕ اَدٕ کیاہ۔ تھاو نیرٕ ژٕ
پانٕ لگی بٕہ ہُوڈ وٕ اُتھ یِم کیاہ کیاہ چھِ کران۔
وَن اُوسٕس بٕہ اکرٕ تہٕ بیٛنہٕ دوہہٕ ڈۆوِ ڈۆوِ اَتھ ژٕہ

پیٹھ ہتھ وٕ اریاہس وقتس پیٹھ اَرٲن۔ ڈیوٚکٕ مٕرم چھا کرنہٕ

پیٹھ نظر گژھن تہٕ دٔیہ تہٕ یہ بہر یہ آئے تم جیٹھ نظر تل۔

میون تجسس اوس دٔ دہہ کھوتہ دوہہ ہُران۔

بلہٕ پیوٚد اورگن اکہٕ دُدہ ژلن تہٕ تمہٕ کرناوی بابس اکھ ڈب

بنڈتہٕ سٕتیٚ آو تنکم زیٚہ گوڈ اندر کمرس منز بِہن تہٕ پٔنٕنہٕ

پڑھایہ گن دھیان گرٕن۔

بہ لوگس دنہ پنہ پڑھایہ گن تہٕ مےٚ نیوو میٹرک پاس کرتھ بہ

آس بہ خوش خبر ہیتھ گھر۔۔۔ ساری گیےٚ خوش۔۔۔ تہٕ

خوشی سیتی باگراوکھ مِٹھائے۔۔۔ تہٕ ہمسایَن تہٕ آو امیک

میچھر پیش کرنہٕ۔

بہ ژاس دروازٕ تہٕ مےٚ ڈیُچھ اکس کمرس منز واریاہ لوکھ جمع

گمتہٕ مےٚ پرٛژھ ماجہ۔۔۔ موجی کیاہ چھےٚ گو؟۔۔۔ تمہٕ تہٕ

لوکھ۔۔۔ کیاہ چھےٚ کرن سانہٕ؟

ہتو قضیہ وکار وچھنا چون مول موقدم۔۔۔ تہٕ موقدمس

چھےٚ واریاہ پریشانی آسن۔۔۔ نیٚ تہٕ ازکیاہ گو۔۔۔ اُوژرک چھم

پھاوُلِس اَسکھ کرِ ژور نوو۔۔ تہٕ تمہِ ژوہہ تہٕ اوُس سانہِ
مجادلہِ لگتھ۔ یہ وڈ مہ ستہٕ یمن مسئلن۔ نیر گوو رگند ژِ
کیاہ چھی۔ یمن کٔتھن ستہٕ پانے اَنزراو چھون موٗلی۔
تائے ستہٕ ون کیاہ گوو؟ تہٕ لوٗگ لبہ کتُوی ہتلہِ۔
ژوسٹرِ گوو ییس اُوتر گو تام ژُوریا اَسی نوو پیادرلے۔۔۔ کتی
دَرادے؟ یہ گوس حاوان۔۔۔ کر تام اَسی
نوو۔۔۔دَرادے تہٕ دِژ کیاہ چھی تہٕ مطلب۔۔ مگر
مے وُنتہ نوو کر اَسی۔۔۔
اَنسِ بلائے ژِ کتہٕ تلکو تھپ۔ ژِ چھکو اُور ژُنی ہیو
لارتھ گوھان یہ اَسی اَسی جالن ژُور نوو ۔۔ کتہٕ۔۔؟
جل وَنی ۔ ہتو اَسی اَسی بزم چاکر گھرس منز ژور
تھاوِ مشران تہٕ یہ کتھ چھ تتھی وقت ناو۔۔ ہتہٕ دَرلے
پیٹہ ژور کٹھ۔ زکھاری تومُل۔ اَکہ ژوڈ کھار مکائے۔
کینژہ ژورِ اَمتھ ترامہٕ بانہٕ۔ پیٹہ داریاہ تھر سامانہ مو
لوکن دِژوِ راوٕرِ اَسی۔ دِژ چھکو جمالہٕ تہٕ نیہٕ رٹتھ

أُتھت سِتہٕ اَکھ چھُ مجادلہٕ لگتھ۔۔!

نےٚ تہٕ توٚے اَمِکۍ سارِی وَتان ژلتہٕ چھہ یمہ چاُکر روزن تہٕ
اُدۍ سیٚٹھہ کاکسہِ تہٕ گوٚھن۔ سکھ چھہ اِنسانن حیوان۔
تُتہٕ مےٚ تہٕ چھُ چاُنس بڈِ باپس نِش تہٕ بوزمُت۔ اُوٚر
تٔس چھُ گوٚھن اَتہٕ چھُ وَتِن تصرُف وار روزن۔ ماجہِ
دیُتمُت بے چاُرگی ستۍ جواب "تہٕ چھُ یانس تسلاہ تہٕ"
بیہ دواس سیٚٹھاہ مارانگی ستۍ سپر تہٕ دٲس یتھکہٕ کوٚھسِ منز
۔۔ اَتہٕ وچھم "یم چاکین" اَتھ نہٕ پتہٕ گٔن گنڈتھ۔۔ تہٕ
کٔلہٕ بُجر اوتھ توٚ دِمس معافی یوان۔۔ سارِی گامکہٕ زِتھ
اُمِکۍ اَتھ پیٹھ غور کران۔ زِ "جاس" تہٕ "وچھس" کیاہ سزاہ
میکہ دِنہٕ تھ۔۔۔؟

ہہ چھس اَزتہٕ سوچان زِ یتم یمہ چاُکر چھاونیہ تہٕ کنہٕ کنہٕ
موٚ پکہ۔۔۔ شاید مرن نہٕ۔۔۔ ہوٚ باپہ اُوس وَتان زِ یکہ چھنہٕ
زامتہٕ مران۔۔۔ شاید چھُ لی پوز۔۔۔!

"انتھ"

[illegible]

ژٕ تراٛو زِیوٗٹھ شوٗقاہ••• تہٕ خاندارس گٔن گیہِ

مُخاطِب۔ژُدیم یِتھہٕ چھس•••••• دٔزِ بے کُلس خُدا

پٔژن سَبَب کرٕ نیہِ۔بڈی نٔے تہٕ لوکٹ نوکری ملہٕ یٔس۔

نوش تہٕ کرٕ ہے آرام تہٕ آسہٕ تہٕ۔۔۔اَوٕ کیاہ سوٗر وی

خُدا الیس تام بنوٕ کیاہ ہیکہٕ کرِتھ وَنی چھیٚ کانٛہہ مُنسٹرس نش

گوٚژھن۔

گُلہٕ (غُلام رسول) تہٕ اسلم آسہِ زٕ ہچھیو واسد جوٗس بوٚڈ

ہیوو اسلم اوس نوکری کران تہٕ تمس آسہِ زٕ شُری مگر گُلہ

اوس تہٕ وُنیٚ نوکری لوٗگمُت تہٕ اَمِس اوس حال حالیٚ

کھاندر کرنہٕ آمُت۔سہٕ اوس پانہٕ جماژ پرٕمُت تہٕ نوکری

خاطر اوس کوشش کران۔اسد جوٗس آسہِ اکھ کوٗرتہٕ یُس

وُنیہ ستمہٕ جماژ پرٕان آسہِ۔

••••آپیٚ زٕ ژُور کپ چای بناوتے،مےٚ چھ کینٛہہ ژُوس

آمتۍ۔ تٔمِن وِژھ ماجہِ ژٕورِیٔ کرٚ یکھ۔ چہِ کہو ہناو ژہناوکہ کٔوِتھس مٔزہ تہٕ اتہٕ اَن بِسکُٹ ڈبہِ مے چھِی تھاوِمٕت اَلمارِ منزٕ۔

گُلنٛز موٗج ژٕاۓ چاۓ ہیتھ تہٕ اتہٕ وٕچھنٛز ژٕور جوان نِکہ ٹھیک سلیک کرتھ چاۓ چیٚنہٕ بٔیٹھۍ۔

وارِیاہس وقتس ژٕودیٚ تم کینہہ تام کتھہ کران تہٕ یِمہٕ وِتھہِ کتھہٕ پتھہٕ کران۔

اَتھ دوران ژٕوز راجہٕ "گُلنٛز موٗج" پننِس غلہٕ خوشس سیٖتۍ آورۍ۔ اَسلم تہٕ اوس کوٗت تام کامہِ گومُت۔

چاۓ چیٖتھ وراۓ گُلنٛز ساریٖ دٕوس تہٕ سہٕ گوٚتمِن ژٕور تام سیٖتۍ۔ کُلہ صاباہم چانٛی ژٕوس گُمیو گامکی اُکی یہٕ زٕن زانِکھنہٕ؟ یکہِ ہے اُکی مے سیٖتۍ یُہُن ژٕ کیتہٕ زلنہٕ ہکھ۔۔۔اچھا ماجہِ نیٚود سرسری تہٕ ژٕٹن کتھ۔۔۔۔!

اَماۓ چھُ باسن یہٕ کُلہ کیاہ با چھُ کتھ تام پریشانی منز یہٕ چھُ کینہہ تام سوٗنچن روزان یمہٕ چھُ ژٕیرۍ گھرِ یوان۔ راجہ

"موٗج" وٕژھ اسلمس ژٕن تہٕ وٕنُن ۔ تلوٕ ژٕ پرژٕ وس کیاہ
کتھ چھےٚ؟

کیاہ کتھ گوٚو آسنہٕ ہمس چھےٚ یہوےٚ فکرٕ نوکری اگہ نچ تہٕ
ییٚہ کیاہ ۔ ناوتہٕ نوکری یُس نہٕ لگن چھےٚ سہٕ چھےٚ نازندہٕ رُوزن
اہس سمجھاو ۔ کینٛہہ تا ےٚ چھےٚ فکر بہٕ ونس پانےٚ ۔

اسلمنہٕ سمجھاونہ باوجود رُود ٹھلہ ژیرےٚ گھر یوان تہٕ کتھ تام
سوٚنچس منٛز ہمیشہ رُوزان ۔ ازتہٕ آکھ ژیری ژےٚ چھُی نا
گھرُک کانٛہہ تہٕ خیال رُوزن ۔ موٗج وٕژھ ٹھکس ژٕن تہٕ
غوصہ ہُوت وٕنہٕ نُس ےٚ چھےٚ اچھ لوسن ژےٚ پرأ رک
پرأ رک ژٕ کتہٕ چھکھ آسن؟

یہٕ ہے چھس پنہٕ نین دوستن سیتہٕ آسن تہٕ ییٚہ کتہٕ ۔ نوتہٕ
گھرُک خیال تہٕ گوٚو نا کرُن ۔

یہوےٚ لوُک جھونٛگ رُوز واریاہس کالس ماجہ پتٕرن تہٕ
امہ دوہ تہٕ کھیٚو ونہ ٹھکن کینٛہہ تہٕ شونگ فاقےٚ ۔ سوٗل موٗج
تہٕ اُسی پریشان زأمس ہے گوٚو تہٕ کیاہ......؟

........ ن پیوٗد چھاپہ تہٕ ساری آسے بر بہ صلاتھ

منٛز تھاونہٕ۔ کُلس سیتۍ سیتۍ آئے ژور نوجوان بیہ رٹتھ

ننہٕ ... ماجہ تہٕ مألی ٹُل شور مگر۔۔۔۔۔؟ کُس بوزِ --

صاحبن دِیت یقین زِ پوٗچھ تاچھ کرِتھ تراوہوٗکھ یلہ کینہہ

پرواہ چھنہٕ۔ ماجہ آو تسلاہ۔ شاید اُوس تی پوز۔

ژوٗرِمہِ دوہہ آے خبر کامہ کس موقدمس دِنہ زِ کُلن گری قادِ

منٛز ژلہٕ نچ کوشش تہٕ ژلن ژلن گوٗ مارِ۔ تسنز لاش آئے

گھرِ کین حوالہ کرنہٕ۔ اَسد جوٗس تہٕ سارنی ہیہٕ زن تہٕ

ترٹھ۔ تسنز موٗج یوٗس گم گم خواب وُچھان آسی ساری

خواب رُودی صرف خواب بنتھ۔۔۔۔۔۔

وٗنی اُوس اَسد جوٗس صرِف اَسلمس پیٹھ نظر یوٗس وٗنی

گھرِک خرچہ تہٕ اُوس چلاوَن تہٕ باقی کامہِ تہٕ اُوس

وُچھان۔

اَکہِ دوہہ گوٗ واریاہ ژیر تہٕ اسلم آونہٕ کینہہ گھر ...... رأتھ

ہنز کاہ بجأی مگر .... سارنی اُکھ فِکر ۔۔ اَکھ اُکھ بجنہِ مگر

گنہ آونہٕ ۔۔۔ساری اُسی ہُشارکُس شونگہِ ہے وسواسہ سیٹھی
اُوس سارنی باُژن دِل دھک دھک کران یُت ژیر
اُوس نہٕ زامتہٕ لاگن۔۔۔۔۔۔
ٹھوک۔۔۔ٹھوک۔۔۔ دروازس گو دکہٕ اکھ نقاب پوش
اُوس گن (بندوق) ہیتھ دروازس پیٹھ تہٕ ییہٕ ژ اُسی ہنا پتھ
پنن بندوق سیزراُوتھ مُستعد کھڑا۔اَسد جُوس زن تہٕ ژؤل
زُونیرتھ۔نقاب پوشن گرِ نہ کانہہ کتھ صرف تراوُن اکھ
کاکد اَسد جُوس برونہہ کنہٕ تہٕ دراو۔۔
یہٕ اُسی اَسد جُو نہ ناد چھٹھ" ۔۔۔۔ چانس پیچوس خلاف چھُ
اِلزام زِ تمی دیُت سائین دُشمنن ساتھ تہٕ "کلس" خلاف
تہٕ اُوس تمی دُشمنن گن بھرۍ مُتی۔لہاذا اوسہ حِراستس منز
نِنہٕ یُوت تام تُس خلاف گوناہ گاریا بے گوناہ آسنک
الزام ثابت گوھِ نہٕ توت تام رُوزِ سانس قادس منز
برابر۔۔۔۔۔"
موج گئے بےہوش تہٕ اَسلمٕ آشنہٕ اُسی غمہ سیتی بے حال

تُسند حال چھَنہ باوَنس لایق۔۔۔

ژُور دُوہ گژھیٚ کینہہ پیٚ چھَنہ لگن ژھارُک

ژھاری ہُونیاےٚ سارٕنی تلہ پٔدٕ تہٕ مگر۔۔۔؟

راتس راتس دُہ نندر رُٔرِ گژھیٚ ساری باژ بیمار تہٕ

کھینگ چینگ کس اُوس ہُوش۔

اچانک گوو گامس منز شور اِظہار تہٕ دٕچھان دٕ گوو

لوکہ اَرساتھاہ جمع۔ پُلسہ وٲلی زٕ ژُور تہٕ آےٚ سام

ہینہ۔ دٕپن گمس سنز تام لاش چھ سٕڑکہ اَندس تھاونہ

آموٕ۔ پتہ آےٚ خبر زِ یہ چھ اسلمنٕ لاش ۔۔ساری

گامس وُوتھ ہلہ زِلہ کانہہ رُودنہٕ کانسہٕ سیتۍ ،سارِی اُسی

اُورِیٚ گٔن دَوان۔

آخرکار آےٚ لاش ٹٔلنہ یتھ گٔن یہ پُرٕ زٕ اُوس تھاونہٕ آمُت

پُلسہ والیو گر یہ پُرٕ زٕ مُقدٔمس حوالہ۔۔۔؟

"اسلمس خلاف بُکرتہٕ اِلزام اُسی تم گژھیٚ ساری صحی ثابتھٕ

اَمۍ اُوس دُشمنَن ساتھ دِیتمُت ،گُلہ نِس مارنس منز تہٕ اُوس

امہ سند اتھ یھاؤ ااوٗ اس سزائے ------

اسلمنٕ شُری گئے یتیم یمن نہ وَنی کانہہ تہٕ غم گسار چھُ۔

اُسلمنٕ آشنٕ چھنہٕ کانسہ سیتیٚ کانہہ کتھ کرَن۔ تمس چھُ

قُلف لگمُت سوٗ چھُ کھوٗژن زِ اگر ہے کتھ کُری ما وَنین ژٕ تہٕ

چھکھ دُشمن ------

اسد جُون یمہ سندِ اتھ کھوٗر وَقتہٕ برٚ دونہی زینتھ گئے چھُ

وَنی مفاہمت کرِتھ صرف آسمانس کُن وچھان -----!

تہٕ اکھ شوتھاہ ترأوِتھ بیہہ زندگی ہند ہگو پکہٕ ناوٕ نچ

کوشش کران۔

اسلمنٕ تہٕ گُلنٕ موج چھ وَنی صُبح پیٹھ شام تام تمن دُون قبرن

منزٕ یتھ رُوزان یمن قبرن منز تمہٕ سندی ارمان دَفن چھ۔

شامَن چھس زبردستی گھر نیوٗن۔ تہٕ یہوئے دَگ للہ وَان

چھ۔ سُو زندگی ہندی کرِتھی دُوہہ گُزارن تہ سوچن زِ

"امادوس کُس اوس تہٕ دُشمن کُس؟

اند

# ☆سلام☆

ہالٹ"... سہ گوہنہ بنگہ ہیوُر وُن تھ۔ وُونی وُونی اُوس سہ پتہ کنہ تلاشی دِتھ برٛونہہ پکہ نِچہ کوشِش کران۔

تیرا کیا نام ہے؟ سپاہن پرٛژھس.... ؟
جناب غلام رسول مجھ کو گُلا بولتا ہے۔ کھنڈی مُھنٛڈ الفاظن منز دِتُن جواب۔
تُم میرے کو جانتا ہے "نہیں جناب".... پھر تُم ہم کو کیسے "سلام".... کیا...؟
سپاہن پرٛژھس خشمہ ہوٗت۔۔۔
جناب ہم سوچا آپ مائی باپ ہمارا اُچھ کرنے والا ہوتا ہے اس میں تُم کو۔۔۔ سلام کیا۔
نہیں ضرور کوئی بات ہے سچ بولتا ہے کیا؟ نہیں جناب ہم کو کوئی بات نہ چھپاتا ہے گُلن دیت بے چاری سیتی

جواب۔

سپاہؤ وت نزدیک تہٕ گُلنہٕ کینہہ بیہٕ وَنہٕ برونہہ تکن اتھ

تہٕ یاشاہ کرِتھ کرنی چھاتھ "ژَرَنی" ........؟

گُلس آے دُوبلی تار کھ لبنہٕ۔ آیندہ خیال رکھنے کا، کوئی

بکواس بولنے کا نہیں ....... سمجھا۔؟

گُلہ دَراو پَتھ یُوتھ سہلاون سہلاون یُس تھاپر سیتۍ دُزل

نارہیو اُوس گومُت۔

گُلہ اوس سونچن زِ پوز ہے بوزُو مے پرٕ وہے تہٕ اَمِس سلام

کرنی سہ کتہٕ زانہ ہَن تہٕ مے کیاہ اُوس اَمس سیتۍ۔ وَنی

گومیون اخلاق اُوس ییٚ وَنان۔

خار وَق گوریوتہٕ گُلس پیوو بازر گوھنگ بیہٕ

ضرورت۔ شکر چھ یہ زِ بازر ینہ وِزِ سمکھ نہ اَمس ہیکہ۔

سہ دواسلف ہیتھ دَراو گھر گن تہٕ قصبہیو کارُواسی سپاہ گاشس

گشت کرِتھ وَنی تھکتھ ہارتھ واپس قدماہ قدماہ کران۔

گُلہ اُوس کلہٕ یُون گن کرِتھ پکن تِمس اُسی اُوترچ چھاتھ

ڈُنیہ یاد۔ بے خیالی منز گو اَمہ سُند اُتھ غلِس گن تہٕ یوٚتھس
لوٚگ سہلاونہٕ۔ اَندری اُوس سونچن زِ مے کیاہ کرٕن۔ یہ
چھسا کینہہ اُدگروا ڈِی۔۔۔ یہ نیرِ سیٹوٚدی پانس۔۔۔۔ تہٕ
یِی سونچان سونچان روٗد نہٕ اَمس خیالی زاۂم کرٕو ساری
وَتھ کرٕاس اَمس گوٚ ہنا تسلا۔ زِ پوز دنیاوٚ تَھو
سپاہن۔۔۔ زِ۔۔۔۔! مگر ڈنہٕ اُوس خطر موجود تہٕ کیازہ
اَن اَکہ نہٕ ڈُنیہ خاتمس پیٹھ۔ اَمسِ اُوس دِل دھک
دھک کرٕان۔۔۔! وَنی اُوس آخری ۔۔۔۔
"ہالٹ" اَمس گیہ کنن آواز ۰۰۰! اَما یہ کیاہ آخری
سپاہن دِژ کرٕ یکھ۔ گلہ رٕہ کیو تہٕ گو اِستاد۔ کِدھر کو تھا؟ ہم
جناب سودا کو گیا تھا۔ کھولو ذرا اِس میں کیاہ لایا؟ گلن
موٗر اَو پوٚن ٹھیلہ یتھ منز مرٕژ واَنگن، لدر، چاے، صابن
ماچس بسکٹ ڈبہٕ تارِ تہٕ باقی وٲریاہ گھرٕک سودا سلف
اُوس۔ اُور کیاہ لایا"؟ گُلِس تلاش کرٕن کرٕن پیٚوٚ تھس
سیٚھن؟

جناب کینہہ نہٕ لایا گُلن دِیتُ جواب ۔۔۔ تُم مُیرے کو
جانتا ہے ۔؟ گُلن سونچ زِ اَگر وَنس اَوٕ ے تیلہ کیاہ رُوزِ
مطلب تہٕ اگر وَنس نہٕ ۔۔۔۔ اَما تیلہ کیاہ آسہِ ۰۰ گُلہ پیوٚ
سونچس ۔۔۔ وَنِ کیاہ کَرہٕ؟
"تُم ہم کو سَلام ہُرلام کیوں نہیں کیا' جب وہ تمہارا
با ۔۔۔۔ آتا ہے تُم اُسکو سلام بھی کرتا ہے کھانا بھی کھِلاتا
ہے اور یہ بِسکٹ بھی ۔۔۔۔ تُم سا ۰۰۰۰ اتھِ سیتۍ ٹُلن
اتھ تہٕ گو "ژَرنِ" گُلس آیہ ٹُلہ نظرِ ۔۔ اُمس آیہ ۔
اُچھ بُکھ ۔۔ ہاں ہاں جناب معلوم ہے معلوم ہے ۔۔ ہاں
جناب ۔ دَپیو اِمس سمیوٚد نہٕ کینہہ تہٕ وُنہٕ نُس کُیت ۔
پھر کیوں ۔۔۔ سلام نہین کیا؟
"جناب غلطی ہوتا ہے آگے میں ایسا نہ کرے گا" ۔ گُلہ لُگ پنہ
نِس بُجھس سہلاوُنہٕ تہٕ سودا سلف جمع کرنہٕ یُس اَتھ
ماہانس منز ژھکراونہٕ اُوس آمُت ۔۔
'جاؤ تُم لوگ اسی طرح سیدھا ہوتا ہے' بیاہ دَراولیکھ

ژارن ــ ژارن ـ!

گلہ اُوس یوٚتھس سَہلاوٕن سَہلاوٕن وۄنی پی سُونچان زِوٕنی

ییٚنہٕ سہٕ یمہٕ وَتہِ ژانٛہِ بازر ــ! تسیٚ سلام کرٕنی یا

نہٕ کرٕنی چھنہٕ کتھی ـــ

انت

— ० —

# ہنا مُصنِفس مُتعلِق

الحاج مرزا رحمت بانہالی

غلام نبی میرا لُمتخلِص بہ ظاہر بانہالی چھُ بانہالہِ محلہ خان
اَلمعروف بہ محلہ عالم شاہ صاب گُنڈ عدل کوٹک رُوزن وٲل۔ بچپن پیٹھ
اُوس اُمس لیکھنگ تہٕ پرُنک شوق ِشبستان، شمع، بیسوی صدی، قاری، ہُما
تعمیر فارسی تہٕ عربی کِتابہٕ تہٕ ہتہٕ بڈی رِسالہٕ رُوٗدی اَمہٕ سندِس مُطالہٕ ہس
منز۔ یمہٕ کنی لگہٕ سندِس علمس وُوتش لُجتہٕ ہُور برسیٹھ ۔۔ واریاہس کالس
اُوس اُردوٗ ہس منز پننی تخلیقات لکھان یِم واریاہن رِسالن منز شایع
سپدی۔ از برونہہ تقریباً وُہہ (۲۰) ورِی کُریمو بقولِ یہندِ منشور صاٮٕنس
وَنہٕ نِس پیٹھ کاشرِس منز پننِ تخلیقات تہٕ شاعری شروع۔ یتھ منز یِم واریاہ
کامیاب روُدی۔ غزل، نظم، رُباعی، افسانہٕ، نعت وغاَیرِ صنفِ سُخن پیٹھ
کٔری یمو ِطبع آزمائی۔ یتھ منز واریاہ کامیاب تہٕ کامراَن چھہ۔ یہندی
مضمون تہٕ کلامہٕ آئے سرکاری تہٕ غاَر سرکاری رِسالن منز چھاپنہٕ واریاہ

اَفسانہ آئے آلو، اُنجمنِ، تعمیر سرکٲری تہٕ غٲر سرکاری رِسالن منز چھاپنہٕ۔
وارِیاہ مضمون آئے آلو، اُنجمنِ، آبشار، تعمیر تہٕ گولاب، کشمیر ٹائمز، وغٲرٕ
ہیوین چھدِ پائے کیٚن رسالن منز شامل کرنہٕ تہٕ یمندی مضمون چھہ اَکثر
ریڈیو کشمیر جومہ پیٹھہ نشر سپدان، یمہ سیتی یمن اَکھ اَلگ پہچان چھہ بنیامژ
بقول اَسیر کشتواری صاب "جناب طاہر صابن چھ کٲشرِ اَدبس منز پٔنن
ناؤ سارسی رِیاستس منز پنٕنِو کوششو سیتی زانی راوُمت۔"
1991 منز کرِ یمو پوشہ براتھ کتاب شایع یُس تمہ وقتہٕ کٲشرِ ڈیپارٹمنٹکی
سرٕ براہ جناب مرغوب بانہالی صابن اِجرا کُرِ۔
پتہٕ لیکھ یمو وارِیاہ مضمون تہٕ پنٕنی شارٕ سومبرن تارکھ نب تہٕ کرٕکھ شایع
یمن چھہ نثر لیکھنس پیٹھ وارِیاہ عبور تہٕ رِتی رِتی اَلفاظ چھکہٕ ذہنس منز
وتلان۔ یُو دوٚنی بہ اُردو تہٕ فارسی زِیادہ چھس لیکھان مگر تو و پتہ تہٕ کٲشر
زبان ماجہ زبو آسنہٕ کِنی چھس بہ اَتھ کتھِ پیٹھ جناب اَسیر کشتواڑی صابن
تہٕ جناب بشیر بھدرواہی صابس سیتی متفق زِ طاہر بانہالی صاب چھ کٲشر
اَدبس خاص کرِتھ بالہٕ یپارِ کِنی زندہ تھاونہٕ باپتھ اَز حد کوشش کران

تہٕ افسانہٕ سُومبرن چھُ ظاہر صابنہٕ تحت الشعور س منز بستھ تمن واقعاتن ہنز می نِشاندی کران یِمۍ اَسہِ پتھمین کرٛتھمن تہٕ مُشکِل وقتن پیٚیہِ وُچھنۍ تہٕ بَرداش کرٛنۍ۔

بہر حال اَفسانہٕ چھُ اَکھ فرض کرنہٕ آمت خیالؔ تہٕ کُنہٕ چھُ یہ خیال حقیقتس تیوت نزدیک واتن زِ گمان چھُ گوھن زِ یہ کتھ چھُ دونی دونی سپز ہوی تہٕ پوز تہٕ چھُ ہیوٚے۔ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ چھُ اَسۍ اَتھ سیتۍ وابستہٕ تہٕ تہٕ اسیکی حصہٕ دارتہٕ۔ ظاہر صابن تھوٚو پنُن خلوص آیِ تن تُھند کیاہ چھُ فرض سِر زانیو وتھو۔

والسلام

---

☆الحاج مرزا رحمتؔ بانہالی حال جموں گوجر نگر☆

☆ معرفت اُردو فورم جموں☆



ظاہرؔ بانہالی

## ☆اکھ یادگار تصویر☆

جناب مرغوب بانہالی صاب اکس تقریبہ پیٹھ

غ، ن، ظاہر صابنز کتاب پوشہ برٛاتھ اجراء کران ـــ ۱۹۹۸



ڈوشنہ پیٹھ کھوری کنی ـــ
جناب منشور بانہالی صاب، جناب مرغوب صاب، جناب بٹ
صاب لیکچرار، جناب رشید صاب لیکچرار، جناب وحید صاب تہٕ
ظاہر صاب (فوٹو ۱۹۹۸)

# ☆رائے ترائے☆

جناب غلام نبی میر ظاہر بانہالی یلہ واریاہ وق برونہہ مے رِش
جوم یونیورسٹی پیٹھ آوتہ پیر پنچال اَدبی فورم بناونک جذبہ اِظہار
کرن مے دیت اَمس بھر پور حوصلہ تہ ہمت افزائی۔ ضلع
ڈوڈہکو پاٹھی چھ نہ بانہال تہ اَدبی ستھرِس پیٹھ کنہ رنگہ تہ
پتھ۔ اَتہ چھ بہلہ پایکہ اَدیب تہ فنکار تہ گوئماتھ اَدیچ آبیاری
کران رودی متی تہ دُنیہ تہ چھنہ پتھ رُودُن یژھان تہ چھ
مُسلسل اَدبس گونڈ بران۔

ظاہر بانہالی صاب اَوس اردوہس منز لیکھان تہ وُنیہ تہ چھُ یہ مشق
جاری تھاوِتھ۔ اَتھ زبانی منز چھ مے اَمہ سندی اردو افسانہ
اَدھورے سپنے، چناب کی لہروں میں تہ اَرمان تعمیر تہ اُنجمن
رسالن منز ورِتھی گمتی۔ واریاہ رُت تہ سلیس زبانی منز لیکھنہ آمتی
یمہ افسانہ چھ سماجس منز پیش آمتین واقاتن ہنز بہترین نُمائندگی

تہ عکاسی کران۔

اَفسانہ چھُ تِمن واقعاتن تہٕ مُشاہداتن زٕ دِوان یِم اَسہِ شعوری یا غٲر شعوری پأٹھۍ تصورس منز یوان چھ۔

ظاہر بانہالی صأبنۍ یہ اَفسانہ سۆمبرن دِچھتھ گوس یہ واریاہ خوش۔ گنہ تہٕ گنہ رَنگہ گوڈ اَدبس آبیاری کرِہنۍ۔ یِمن اَفسانن منز چھ زندگی ہندۍ مُختلف اَدوار تہٕ گوشہ یِمن ہنز عکاسی واریاہ رِتی پأٹھۍ چھ کرنہٕ آمژٕ۔ خاص کرِتھ بزٕ مچأ کر دسلابہ وِگٲر۔ بزم چأ کۍ مرن بہٕ زاہ، تتھ پیٹھ بہ تہٕ چھس مُتفق۔ یِم اَفسانہ چھ مُدرتہٕ میوٹھ آمیزش ہیتھ۔

ظاہر صأبس چھس بہ تاکید کرن زِ سہ کرِ اَفسانہ لیکھنس کُن وار فِکرن تہٕ گاشراو بیہ کینہہ گوشہ تہٕ رنگ۔

ڈاکٹر پروفیسر شہاب عنایت مَلک

اُردو ڈیپارٹمنٹ جموں یونیورسٹی

ناوِ کتاب ------------ برم چاگر

لِکھأرِ ------------ ظاہر بانہالی

چھپن وری ------------ ۲۰۰۸ء

تعداد ------------ ژ ہتھ

موٗل ------------ ہتھ روپیہ

کمپوٹر گرافکس و ترتیب ------------ ظاہر بانہالی



میلنگ پتہ:----

۱۔ پیر پنچال ادبی فورم بانہال

۲۔ ظاہر بانہالی سرور پریس بانہال

محلہ عالم شاہ صاحب

بانہال

ناوِ کتاب ---------- برم چاؔ کر

لِکھاڑی ------------ ظاہر بانہالی

چھپن وری -------- ۲۰۰۸ء

تعداد ------------- ز ہتھ

مؤل --------------- ہتھ روپیہ

کمپوٹر گرافکس و ترتیب -------- ظاہر بانہالی

میلنگ پتہ:---

ا۔ پیر پنچال ادبی فورم بانہال

۲۔ ظاہر بانہالی مسرور پریس بانہال

محلہ عالم شاہ صاحب

بانہال